

ناو : موتی لال کول نازؔ

زٕنہٕ جاے : رٕژنی وور۔ سری نگر۔ کشمیر۔ 1936 ؤس منز

تاٗلیم : ایم۔اے، بی۔ایڈ

**چھاپ گامٕژ کتابہٕ :۔**

(ا) ''کینٛہہ غزلہٕ۔ کینٛہہ نظمہٕ''۔ شارٕ سۆمبرن۔ چھاپن ؤری:۔ 1978-79ء۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛزِ طرفہٕ ایوارڈ یافتہٕ۔ دِبیسٹ بک ایوارڈ۔

(ب) ''گیتانجلی'' رہندرناتھ، ٹیگورنہِ شہرۂ آفاق کتابہِ ہُند کاشُر ترجمہٕ نظمن منز۔ چھاپن ؤری 1980ء۔

(ج) ''پوشہِ گُنج'' شارٕ سۆمبرن۔ چھاپ سَنہٕ 2001ء۔

(د) ''داسہٕ بھاو''۔ بھکتی شاعری۔ چھاپ سَنہٕ 2009ء

## زان

موتی لال کول نازؔ زاو 27 ستمبر 1936ء یس منز رٕژنی وارِ۔ سری نگرٕ۔ ابتدآیی تاٗلیم کرٲمی اَتی ڈی۔اے۔وی سکولس منز شۆروع تہٕ اَمی سکوٗلہِ منزٕ کۆرُن 1951ء یس منز میٹرک پاس۔ پنٛداہ وُہرے دٕژاو گھرکو حالاتو کٔنز روزگار کماونہِ تہٕ کٔرن شالہٕ مار ہائر سیکنڈری سکوٗلس منز اُستاد بٔنتھ نوکری شۆروع۔ ملازمتہٕ کِس دورس دوران کۆرٲمی وارِیاہِ کاٗلی بڑٕ وٕنہہ کُن پرٕن شۆروع تہٕ کوٚرن پتولاکن ایم۔اے، بی۔ ایڈ۔ نوکری ہندِس سِلسِلس منز دِژ أمی وارِیاہن دۄر دراز تہٕ سرحدی علاقن منزٕ تہِ ڈیوٹی۔ وارِیاہن جاین میٚول ادبی ماحول تہٕ شارو شاعری ہندس ماحولس منز لٔج اَوکنٕز أندرِمس شاعرس زیر تہٕ ہیٚتِن شارو وَنٕز۔ سنہٕ 1990ء یس منز یُس بحرانِ وو پدٕ بوتمہِ کٔنز پیٚیہِ ماج کشیر تراوٕنی تہٕ جمہِ تھک دِین۔ اَتی سَپد نازؔ 1994ء یس منز بحیثیت ہیڈ ماسٹر رِٹائر۔

نازؔ

# شارِ نیب

(شارِ سۆمبرَن)

موتی لال کول ناز

کِتابہٕ ہُند ناو : شارِٕ نیب
لیکھن وول : موتی لال کول ناؔز
چھاپَن وٕری : 2009ہٕ
کمپوٗٹر کمپوزِنگ : IILS D.T.P Centre
رِنکوٗ کول (94191-36369)
مول : 400 روپیہ
چھاپ خانہٕ : جے۔ کے۔ آفسیٹ، نئ دہلی۔
پبلشر : مُصنِف

کِتاب میلنک پتاہ:

- موتی لال کول ناؔز۔ 95 نہرو اپارٹمینٹس۔
  کالکاجی۔ نئ دلی -110019
- موتی لال کول ناؔز۔ مکان نمبر 340۔ لین نمبر 3اے۔
  لکھشمی وِہار۔ تومال بوڑی۔ جموں -180002
- کِتاب گھر، کنال روٗڈ، جموں۔
- کِتاب گھر، لال چوک، سری نگر، کشمیر۔
-

# ارپن

پننٕہ نِمن شُرٛبن ہٕنٛدِ ناوٕ یِہٕنٛدِ خاطرٕ

مےٚ کِٛشہِ ہیوٚک نٕہ گٲرِتھ۔

— ناز

# باگنۓ

# موتی لال ناز : تعارُف

وُہمہِ صدی ہندِ شیٚے مہِ دہلہٕ پتہٕ یِم کأشِری شأعر اجتمأیی نہج ترٲوِتھ پَنُن پَنُن انفرادی لہجہ اندازِ بیان ہیتھ بڑوٚنٛتھ کُن آے، تِمن منٛز چھِ موتی لال ناز صأب اکھ ممتاز شأعر۔ تِمٕ سٕنٛزٕ آزاد نظمہِ ییٚلہِ شیرازٕ، سون ادب تہٕ باقی رِسالن منٛز شائع سپدییہِ، کأشرِ نقادن پیوٚ ناز سٕنٛزن شأعرانہٕ صلاحیژن ہُنٛد اعتراف کرُن تہٕ تِم آے جدید نظمہِ ہٕنٛدی اکھ منفرد شأعر تسلیم کرنہٕ۔ قلاے، پھیرٕ، وُنل، پارٕ دی نظر، قرار ہشہِ وارِیاہ خوبصوٗرت نظمہٕ آیہِ نوِ کأشرِ شأعریہِ ہٕنٛزٕ نمایندٕ نظمہٕ مانٛنہٕ تہٕ موتی لال ناز نیٚو نظموَ ورأے آو کأشر شأعریہِ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ انتخاب نامکمل زاننہٕ۔

ناز صأب رٕوٗدی پتِمو پانٛژہو ؤرِیو پیٚٹھی مسلسل لیکھان پٔنِس

مخصوص لہجس تہٕ اظہارس رٲچھ گرِتھ۔ تمۍ ہیٚژن نظمن، غزلن، واکھن تہٕ ژُ مُصری بنٛدن ہنٛدی چھِ ترٛےٚ مجموعہ: کیٚنٛہہ غزلہٕ، کیٚنٛہہ نظمہٕ (1977)، پوشہٕ گُج (2000)، تہٕ دردست ''شارٕ نیب'' چہِ نوِ کٲشرِ شاعریہِ ہنٛدی نمایندٕ شعری مجموعہ۔ اَتھ شعری سفرس دوران کوٚر ناز صابن رابندرناتھ ٹیگور سٕنٛدِ شہرہ آفاق کِتابہِ ''گیتانجلی'' منظوم کٲشر ترجمہٕ یُس کٲشرِ نظمہِ نٔوین جہاتن کُن وَتھ ہاوِ۔

دردست شعری مجموعس منٛز شامِل تخلیقن سرسری سام ہیتھ چھُ اکہِ پھِرِ تسلیم پیوان کرُن زِ موتی لال نازؔ چھُ از تہٕ جدید زِندگیہِ ہنٛدین پیچیدٕ تہٕ ناقابلِ تفسیر پزرن تہٕ مسلن شاعریہِ ہنٛدِس بےٚ پھریک اظہارس منٛز أنتھ پننہِ طنزیہِ رویہِ سٟتۍ قابلِ توجہ بناوان۔ خارجی واقعاتن تہٕ کیفیژن کُن اِشارٕ کرِتھ تہٕ چھُ تمۍ ہنٛدین شعرن منٛز حساس فردٕ سُنٛد داخلی جذباتی ردِعمل اہمیتھ اختیار کران۔ غم، اندوٗہ، کرٛب، تنہایی، ٹھٔھر تہٕ کریچھر ژُکہِ سان ژیٛنتھ تہٕ چھُ نازؔ ایرٔنی تہٕ طنز کامیاب پٲٹھۍ ورتٲوِتھ یابس دوٗر کران، پرَن وٲلِس عصری حقیقتہٕ سٟتۍ مُتعارف کرناوان تہٕ امیٚک گوٚب بار وبتراونک احساس دِوان۔

اوٚبرٕ لنٛگس دِمہٕ کُس آکار      پارٕ دی سونٛچک ہیٚوٗ سمسار

بوزِو کرٕ ژھوکہِ نظرن توٚژھ      وُنہِ چھُم تو تام وٕنِس وار

مُشکِنۍ ادفر ہیتھ یِی واو      واش کڈی زُلفن ییٚلہِ پرار

نازؔ چھُ کتھِ ہُنٛد اختصار شاعریہِ ہُنٛد اہم ترین وصف زانان یمیٚک خوبصورت ورتاو دردست سوٚمبرنہِ منٛز شامِل غزلو علاوٕ تمۍ ہنٛدین ژُمصراین تہٕ

واکھن منٛز میلان چھُ۔ یۄ دوٚے نازنہٕ شاعریہِ منٛز سطحس پیٹھ پننِس زمانس سٟتۍ لاتعلقی باسان چھےٚ مگر سُہ صلاح دِنہٕ ورأے تہٕ تبلیغ کرنہٕ ورأے پننِس وجودی صورتحالس تیٚۄت شدید بناوان زِ یہِ چھُ آفاقی بُنتھ حقیقژ سٟتۍ تعلق جورنس کُن راغب کران تہٕ زِندگیہِ ہِندِس سفرس منٛز پرٛتھ بدست وِزِ غنیمت محسوس کرناوان۔

پننِس بیٚون تہٕ بِدوٗن لجس کأشرِ شاعریہِ ہنٛزن روایژن سٟتۍ میُٖل گرِتھ چھُ موتی لال ناز پتٔمین پانژٕہن وٕریٚین ہنٛزِ کأشرِ شاعریہِ ہِندِس تناظرس منٛز اکھ قابلِ احترام مرتبہ پراوان۔ توقع چھُ پرَن وألی تہٕ سأنی نقاد پرٛزٕناوَن نازصأبُن مُقام تہٕ مرتبہٕ تہٕ یہندِس کلامس سام ہیتھ دِن نوِ شاعریہِ ہِندین موضوعی تہٕ ہیتی مسلن کُن توجہ۔

**شفیع شوق**

سرینگر : 30 اکتوبر 2007ء



# أندی پکھِس منٛز آوٕر شاعر

موتی لال نازؔ ہنٛز یہِ شارٕ سوٚمبرن پٕرتھ چھُ گوڈنیکے تاثُر یہِ سپدان زِ شاعر چھُ مُکمل پسندی تہٕ لگاتار مشق (نہ زِ مشقت) کرنٕس پٹھ یقین تھاوَن وول تہٕ اَمہِ باپتھ چھُنہٕ اَمی ہنٛزِ باوٕژ ہنٛدِس رَفتارس بڑوٚنہہ کنہِ کانٛہہ ٹھوٚر دران۔ سُہ غزل لیکھیٚتَن، وَژُن لیکھیٚتَن، واکھ طبع کٔریٚتَن یا عام ژٕ مِصرأے سوٚمبرِ یتَن تِمَس چھُ صِنفہِ ہنٛدِبن اِمکانن ہُنٛد تہِ پےٚ تہٕ حدن ہُنٛد تہِ۔ غزل لیکھنٕہ وِزِ چھُ سُہ شارٕ کس معنےٚ ہَس اندر رِوایتی دأخلی ضِدن ہُنٛد سُلیقہٕ بٕناوُن زانان تہٕ ہم سوٚمبن مثالن کُن حوالن ہنٛز شیرٕ ژأرتہِ۔ اَمہِ کٔنی چھُ کُنہِ وِزِ غزل خأٹِص رِوایتی انہار پٕڑاوان تہٕ کُنہِ وِزِ نوٚبن باوٕژ طرحن کُن ووتلاں باسان۔ رِوایتی نظر و نقدٕ مُطأبِق اَسی مانان زِ غزلس چھُ بُنیأدی طور اکھ مۆڈیاپتھ آسان

تہٕ ہیٚ چھُ تمہِ کیٚن ظاہری طور الگ الگ معنے یَن اُ کی سے ہاٚنکلہِ گنڈان۔ ناز صابَس چھُ یہِ موٚڈ موٚجوٗ دتھوٗنَس کُن ہمیشہِ ظون آسان۔ اُمی ہِنٛدِ غزلُک معنے چھُ گوڈٕ پیٹھٕ اُخرس تام اکھ منطقیی سفر طے کران۔ بٔڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ کُنہ کُنہ یودوَے باس چھُ لگان زِ کتھ چھےٚ بلا ضوورتھ ڈٕرراونہٕ آمٕژ مگر کلھوم پاٚٹھی چھُ پرٛتھ اکھ غزل بیکہِ نِشہِ بیوٚن تہٕ پرَن واٚلِس بدل تجُربَس کُن نِوان۔ تہٕ تجرٛبٕچ باوتھ چھےٚ فنٛچ پوٚختگی ہاوِتھ دِوان۔

اکھ کتھ چھےٚ ناز صابٕ نیٚن غزلن ہِنٛدِس موضوٗعَس مُتلِق سٔبٹھاہ اہم زِ یِم چھِنہٕ ساٚنین کیٚژن جلاوطن ہم وَطنن ہِنٛدی پاٚٹھی صرِف پوٚت یادَس پھیٚر پھیٚر دِوان۔ پوٚت کال مجروٗح گژھنُک دود تہٕ ہمسوس چھُ یِمن تہِ مگر سُہ چھُنہٕ چھراہ جذباٚتی سوٚتھریک۔ تتھ چھُ ٹھہراو تہٕ کیٚژہاہ خود امتحانٕک رٕوی یہِ تہِ:

اُتجِہ کیاہ ساٚ دِواں وٕنی چھِ گٕٹھی تاٚلوَن
اُلی ناشُک وَجہ ووٕنی تِمن داٚیرٕن

یا

کوٚٹھی لوٚسم ناتھَے یوٗت پکِتھ
بٔسی بٔسی تہِ تگان چھُنہٕ ییٚتہِ بَسہٕ نُے

یا

نبرَ مہ ترٛاو اوٚش شرٛوٗ پراو
ٹھانہٕ وٕتِھس کر آو از تام چھاو

تِتھی ہی ڈٕپتِو چھِنہٕ کُنہٕ ترٛتھِ کٕفیتھ ہنٛز نِشاندہی کران یتھ اکھ برابر اکھ مساواتس ستی سیِٚد سیوٚد واتھ دِتھ ہکو۔ یمن اندر چھےٚ خود پنٕنی ہنٛز نٕہج موٗجوٗد یتہٕ چھُ شاعرِس تہٕ واقاتی سطحس پیٹھ تی گدریومُت یہٕ تِہندٚن لچھِ بدٚن ہم وطن گدرو۔ مگر تِہُند حیاتی سوٗتھُر چھُ بے شک مُختلِف۔ اتھ منٛز چھےٚ پوٚختگی تہٕ پنٕنِ خامین ہُند اعتراف۔

وٕنۍ میوٚن پنٕنٕ نٕبن تامتھ روو
پنٕنٕ نِس پانس کتھٕ ہمہٕ سام

یا

ڈٕنۍ سارے ٹُکل داوَن ہنٛز
وٕنس سارے واوِلنس پابند

یہٕ محاورٕ چھُنہٕ گسنہٕ آمُت۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تکن گری تہٕ ئلی کہٕ اِظہارٕک خالِص تیُتھ کاشُر اِظہار چھُ یہٕ یتھ تخلیقی جہت چھےٚ۔

ناز چھُنہٕ دُنیاہ تہٕ زِندگی ہِندِس تجربس رٔژنا کھاٚرِتھ پیش کرنہٕ کس حقس منٛز۔ اَوٕ کٔنی چھُ اَسُند تجربہٕ قابلِ بروسہٕ اثر کُن آسان۔ زبان چھےٚ پنٕنِ بِذاتی سوباوٕ موٗجوٗد تھاوان تہٕ کتھِ چھُ سہل ولتہٕ ناوبر پاٚدٕ گڑھان۔ وچھِو تو کوتاہ عمومی چھُ یہٕ تجربہٕ مگر اکھ محاورٔ ے استمالہٕ ستی کتھٕ کٔنی چھُ شارس اثر پاٚدٕ گڑھان:

حاجتھے اَز نہٕ آہی شُربن ماجہِ ہنٛز
چھُکھ تھزر تیُتھ زِیون چھُکنہٕ نَمنے دِوان

یا

دَے زانہِ بُرِتی بانہٕ تامتھ کیٲزِ وَزان پیتی
باسان چھُ ژھربر باڑِ وَن ہُند زَن چھُ شہَن پٕٹھ

زِندگی ہٕندِ کرٕ یُھرُک اِظہار چھُ نازُس مَنٛز جایہِ جایہِ تہٕ سبٹھاہ ویوٗد آسنہٕ باوجوٗد چھُ محاورٕ تہٕ زبٲنی ہٕندِ نزاکتہٕ کِنہِ معنہِ سوو بنان۔ شاعرٕ سُنٛد نِہایت اِنفرٲدی بیان تہِ چھُ باضے سماجک یا وَنو اِجتمٲعی سورتحالُک اَنہٕ پیش کران تہِ کیٲزِ سُہ چھُ پَنہٕ نِس اَندی پَکھس مَنٛز سبٹھاہ آوٗر۔ آوٗریارٕچ شِدتھ چھِنہٕ تَس زبٲنی اندر وُٹھن یا اِبہام پاۂد کران۔ یہِ چھِ تسنٛزِ زبٲنی ہٕنٛز خوٗبی۔ تَس چھُ یہِ احساس برابر زِ زِندگی ہٕندبن بے معنے ژِہبن ہُنٛد سِلسِلہٕ چھُ تسنٛدی موٗلِلی شاہ ضایہِ کران مگر اَمہِ کِنہِ چھِنہٕ اسنٛدِس کلامَس مَنٛز موئوٗسی یٲپِتھ۔

واکھ چھِنہٕ صرف ژون مِصرن ہُنٛد اجتماع تہٕ نہٕ چھُ یہِ اخلٲقی درس دِنہٕ خٲطرٕ اِستمال سپدمُت۔ پتہٕمبن ڈٔہن وُہن وٕرِیَن اندر تیٚھے تیٚھے اتھ نوٚو زُوبخشِتھ نوِ اِظہارٕ خٲطرٕ اکہِ فعال صِنفہٕ ہٕندِ پٲٹھی اِستمال کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آیہِ، یہِ گوہٲے نہٕ پزٲے اخلاقیاتَس تل مسخ۔ وَجہ چھِ صاف۔ از بژونہہ ژور پانژہ ھٔدی تام اوس شاعرٕ ہُنٛد تجربہ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رٔنگی اسرٲری رموزَن گتھ کران۔ زِندگی ہٕنٛز بے یقینی، وجوٗدی سوٗنچہِ کِس سبتھرس پیٹھ ژینہٕ نٕچ نہٕچ اَس نہٕ ووتلے ہٕژ۔ وجوٗد یا عدم وجوٗدُک مسلہٕ اَسی دارمِک یا مذہبی سطحس پیٹھ الگ آیہِ گوڈے ژُلنہٕ تہٕ حل کرنہٕ آمتی تہٕ یِمن مسلن ہٕنٛدی حوالہٕ اُسی نہٕ عموٗمی زِندگی

مَنٛز مؤجوٗد مانہٕ آمٕتٕ تہٕ نہٕ اوس توٗ کُن ظون پاٛدٕ گومُت۔ یِتہٕ چھُ پَزر زِ یِم مسلہٕ تہٕ تِہنٛدی حل اُسی حساس مُفکرو کیو گونماتو پننہٕ نَس اَندرونس اندر واٗلۍ مٕتۍ تہٕ پَننہٕ دُنیاوی عملکۍ حِصہٕ بناوۍمٕتۍ یِتھ زِ کلی یا نَنٛد یا روپہٕ بھوانی ہُند نہایت انفرادی دُنیاوی تجرُبہٕ اوس اَمہٕ کی طے شُدہ لفظہٕ راش تہٕ محاورک استمال کٔرِتھ کامیاب ترسیل پِراوان۔ اماپوٚز حال حالُک واکھ چھِنہٕ باسان شاعرٕ ہِندِ اَندرونُک زاینُن یُلۍ کہِ صِنفہٕ ہِندِ چارٕ کٔنۍ چھُ شاعر یا تہٕ کانٛسہِ بُزرگ شاعرٕ سُند تجرُبہٕ ذٕرٕ راوان، تجرُبہٕ کیاہ ذٕر راوِ ذٕپو سہٕ دُبارٕ وَنان (رِٹِل کران) حٕل اِمکان بدل لفظن ہُند وَردَن لاگتھ۔ سہٕ چھُ تٕتھ مصنوعی اِسرارِیتُک وؤلت تہٕ کران۔ مگر اسرارِیت چھےٚ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اخلاقیات بنان۔ ناز صاٗبنۍ واکھ تہٕ چھِ سانی زمانکۍ پاٛداوار یِمن ہُند زنم تہٕ چھُ تَمی تحریکہِ مَنٛزٕ سپُدمُت یوسہٕ اَزکۍ چہِ شاعریہٕ ذٕسی یاب چھےٚ، اَوٕ کٔنۍ ہکو نہٕ اَسی یہِ توقع کٔرِتھ زِ یِم کیاہ آسن کانٛہہ استسنا پیش کران۔ وول گواکھ چیز چھُ قابلِ غور۔ سہٕ گو یہِ زِ ناز چھِنہٕ یِمن ہنگہٕ تہٕ منگہٕ یا وَنو بِلا ضوٗروٗرتھ سِریت پُشران۔ اگرٕ ے تہٕ کرِہے تٕیلہِ اوٚسُس کُنہِ پَزٕ اپزٕ روحانی تجربک موکھٕٹ لاگُن تہٕ زبانی ہنٛزٕ وُٹھل صوٗرتھ ورتاوٕنۍ۔ شاعر ہِندِ اَمہِ رُویہِ کٔنۍ چھِنہٕ یِم واکھ کُنہِ پیچیدٕ صوٗرتحالُک بیان بنٕمٕتۍ حالانکہِ زبانی ہُند غار مخلوط تہٕ شوٗد روٗپ رٕژھراوُنۍ کلٕ چھےٚ یِمن سارِنٕے مَنٛز کُنہِ نتہٕ کُنہِ شکلہِ مؤجوٗد:

ژِیُن ہسا زیُن گو

نَے تہٕ تولُن نَے میُن

پھیرنہٕ رۄس ہَبا پھیرُن گو

کُلہِ رۄس اولا گو ییرُن

کتھ چھِ واضع تِلیٚازِ پیچیدٕ محاورٕ چھنہٕ استمال کرنہٕ آمٕت۔ ٹلی کہِ اتھ درمیان چھُ اکھ میۆٹھ گُفتگو یَتھ مَنٛز سُہ تھٕدِس پاٚوِس پیٹھ کھڑا چھُ تِلیٚازِ کتھ چھس وَنٕنۍ تگان۔ نتہٕ چھنہٕ تسُند تجرُبہٕ انکشافات کرنک دعوا کران۔ اَوے تہٕ چھِنہٕ یم واکھ اخلاقی درسُک درجہٕ تھوان۔ توَے چھِ یم تدریسہٕ کھوتہٕ شاعریہٕ نکھٕ۔ ناز صابٕنۍ وژن تہٕ چھِ اَمی انمانہٕ کلامُک میچھر رچھان تہٕ کتھ وَیہِ وِنۍ بناوان نتہٕ چھِ یمن ہِنٛدی موضوع تہِ رِوایتی۔ دراصل چھَ ناز ہنٛز شاعری سبٹھاہ پوٚختہٕ تہٕ فنکارانہٕ بنے ہٕژ یوسہٕ یِہنٛدِس قلمس پیٹھ سون بروسہٕ بییہٕ ہَن مُستحکم کران چھےٚ۔

**رتن لال شانت**



## شانٛت شیتل ڈلس شوٗرِ سیٛنَس بوٚرُکھ
## ژایہِ پمپوش شرٛ وکبعَن کبھلو ہیوٚت وُرُن

کاشُرِ غزلُک قداوار شاعر موتی لال کول ناز چھُ رِنٛی واریک تہٕ ڈل چھُ اتھ علاقس چیٛشمن منٛز۔ رِنٛی وور چھُ سرینگرُک سُہ ماری موٚند علاقہٕ یتھ پرٕچ شٕہج نظر چھِ اُہی کران تہٕ اَتہِ کہِ اِتہاسکی ورق چھِ ہماچل کوٕ پنجابس تام دژہپٔٹھ گژھان۔ اَتھ ما آسہِ ہے راجانک واٹِکا ناو، راجانک بنیوٕ رینہ تہٕ واٹِکا واٗر۔ اَتہِ اٗسی پتھ کالہِ راژٕ دربارٕ روزان۔ چنانچہِ بیربَل کاچرٕ و موٚرِخ، بھوانی داس کاچرو افغان دربارٕ تہٕ فارسی زبانٛی ہُند تھکبن لایق شاعر تہٕ اٗمی ہٕنز خانہٕ دارینٛز اٗرِنہِ مال چھےٚ سدا ہی مہِ صدی منٛز کاشرِ وژن شاعری، حبہٕ خوٗتونہِ پتہٕ

شۆبہٕ دار بٔرژر کران۔

موتی لال کول ناز پرتھو وٕرنی واری، لسان بسان تہٕ اوس اُتی تہٕ محکمہ ایجوکیشنَس منز رؤد کأم کران، کشمیر ٹورِسٹ سینٹرکس ہالس منز اوس اکہٕ دوہہ اکھ مُشاعرٕ یتھ منز ناز تہٕ شریک اوس۔ چنانچہٕ مرحوم شمم اَحمد شمیمن، یُس پانہٕ اکھ مۆہشوٗر صحافی تہٕ اُردو شاعر اوس، دِیُت نازنہٕ غزلہٕ جان داد تہٕ اَمہٕ حوصلہٕ افزأیٔ ہِتی ہیٚوت اُمی نوجوان شأعرن کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس دَنہٕ پَنہٕ لگِتھ گوڈ برُن۔ ناز سٕنز گوڈنچ کتاب "کینٛہہ نظمہٕ کینٛہہ غزلہٕ" دِژ میٚہ تمی ریڈیو کشمیرکس آنگنس منز پانے۔ اَمہٕ چہٕ غزلہٕ تہٕ نظمہٕ آسہٕ معیأری تہٕ یہٕ سوٗبرن اُس شأعر سٕنز تھزرُک باس دِوان۔

دۆیم مأرِ منز شاہ سوٗبرن یتھ پوشہٕ کُج ناو چھُ دِژمے یمو جموں و کشمیر کلچرل اکادمی جموں کِس دفترس منز۔ یتھ میٚہ تبصرٕ تہٕ کوٗر۔ یہٕ چھُ عجیب اِتفاق زِ ناز صأب نہٕ ماجہٕ تہٕ چھُ پوشہٕ کُج ناو تہٕ میانہٕ ماجہٕ تہٕ، تہٕ اَسہٕ چھے کرام یانی "کول" تہٕ کُنی۔

بہرحال زیرِ نظر کتاب چھِ شأعر سٕنز تریم مأرِ منز، مانہٕ ساد، سنجیدٕ باوٕژ بل واجینٛز سوٗبرن یتھ منز غزلہٕ، ژمصری تہٕ واکھ شأمل چھِ۔ 57ہَن غزلن ہُند گوڈنیک حصہٕ چھُ زِندگی ہٕندِ بن واریاہَن مسلن گیرٕ کران تہٕ شأعری ہنٛزِ کھۆچہٕ کھأرِتھ سوٗنس گُندن بناوان۔ یہٕ کتاب چھِ شأعرن دِلہٕ ہنٛز وَکرٕ ژکرٕ، دوسہٕ دروسہٕ تہٕ وُبکتھس ماحولس منز لیچھمٕژ۔ ناز چھُ باقین کأشرٕ ہَن پنڈتن

ہِندی پاٹھی جلاوطنی ہِندی کٔڈری دوہہ گُزاران۔ سُہ کیاز گوگرِ نیرنس پیٹھ مجبوٗر، تسنز زِندگی کیاز لوٚگ اڈوتی ٹھنٛجر تہٕ ساسہٕ بدٕن وٗری ین ہُند کوشُر میراث، تِچھ پُر اسرار قودرت کُمی نیہِ تھپہِ، بغأرِ کُنہِ تقصیرٕ۔ یمو سوالو ٚتی چھُ تہِندِس حساس دِلس جلاوطنی ہُند زوٗن تویٖنہٕ تویٖنہٕ کران تہٕ سُہ چھُ أتھی دگہِ مِضراب دِوان شار ونان، یم گہرأیی، گہرأیی شاعرانہٕ تھزر تہٕ ابدی زِندگی ہُند فلسفہٕ وکھنان وکھنان دَم پھٔٹِ ہوی گژھان چھِ تہٕ سُہ چھُ بَر بٔکہٕ یِوان تہٕ ونان:

بر بٔکہٕ یُن کس فِکری تور
سٔنِس وَنہٕ نُس دوٚتھ کہی کاس

بقولِ غاؔلب

نہیں منت کشِ تابِ شنیدن داستاں میری
خموشی گفتگو ہے بے زبانی ہے زُباں میری

دلچسپ تہٕ سٔننٕ لایق کتھ چھِ یہِ زِ شأعرس یُس بے پنا شبدٕ راش دَردَس چھُ سُہ چھُ گأمی تہٕ یِمنٛے لفظن چھُ سُہ محاورٕ، تشبیہ تہٕ استعار بناونہٕ خأطرٕ ورتاوان۔ تُس چھُ یہِ شبدٕ راش رِنٛی وارِکی ماحولن یا گرِکمن زِٹھین ہُند توبرُک، یتھ سُہ پأکیزگی سان رچھان تہٕ ورتاوان آمُت چھُ۔

لفظ چھِ ٹھٔٹھ کأشرِ تہٕ یم چھِ گرِ پیٹھ شوٗرٕ گژھتھ ڈلس، جنگلن، کولن تہٕ پُربیتن تام ژھٔٹھ کڈان۔ تہٕ یِمنٛے لفظن چھِ نوم مأرٕ مٔندی اِستعارٕ تھٔنہٕ پیوان۔ یم شارس آکأشی وُپھناوان تہٕ باوٕژ ہٕنز برکت نٔی کڈان چھِ۔

یم استعار وُچھی تو کأیتا ژھوٚٹی مگر بامانے چھِ:

اَگل مسلہٕ، ہٕنگل سمٕے، دوٚس کھسُن، ظونہٕ چھانٕژ، وُہمل وَرَل وَق، راون تیوٚل، بود برٕ ٹھنی، وانسہِ ہٕنز پوٚتھی، ورق راوٕنی، وقتک اَنہٕ، پاردِس تاب منکُن، ووش پوشن ہٕندی، رَتہٕ رونگ وَق، روٗٹھمت سٕدر، سَرن رأچھ، پرٕژن ہٕندی گنڈ، ڈوکیومنٹ پان، گُلدانس دَگ، کورٕ ٹاکبن پونی شمن، وقتکی وانی، پرٕانی پھٹٕج، ویٹھ چھانٕی، ڈکربن کھسُن، استعارٕ تہٕ تشبیہ چھےٚ سأدرٕ وار تہٕ پرَن وأرِس چھُ شاعرسُند مُداتہٕ بھاو پٔنٕنے ہیٚوٗ گٔدرُن باسان۔

کیاہ کیاہ کُن ییٚتہٕ وقتکی وانی
دیٚلی گنڈ نوو دَپھ پھٹُج چھِ پرٕانی

یا

کیاہ گو کتھ گو سانٕس باغس
لل تزاگس تام سوربو پونی
بُتھی پھرِی پوشن گوٚند ییٚلہِ ییٚلہِ کوٚر
تیٚلہِ تیٚلہِ وُژھ گُلدانس دَگ

یا

سوٚمبرِتھ سورُے چھکرِنہٕ آمُت
سوٚمبرُن سورُے سَخ دُشوار
ژھوکہٕ وٕنی شاہ ہیتھ ڈکربن کُس کھسہِ
کھورٕ پٹھٕ آیِتانس دَگ

اَکھ اکھ شار چھُ وُترٕ بُنٛیل ٹلان، ژینہٕ وَن دِوان تہٕ اکھ سُہ دود ووتلاوان یتھ نہٕ علاجے چھُ۔ شاعر چھُ پرن واٲلس ونان

دُنُن اوسُم یہِ زن وَنہٕ نَے تہِ ووٗنمےَ

پرُن ہرگاہ تگی، کنہِ پٹھ میٚہ کھوٗنمےَ

اکھ اکھ شار چھُ اکھ موٗلُل دُردانہٕ یُس ہار بُنتھ کٲشرِ زبٲنی یوسہٕ ژھوکناونہٕ یِوان چھِ پوچھر تہٕ تھزر دِوان

واٲنسن پراریوس ہَمہٕ طوٗفان

سمہِ شاہ سوٚدرس یِیہِ آرام



مَتہٕ پرٛژھتو رَنہٕ روٗنگ وَق کتہِ آو

زیو ژھبہٕ زیوٚ اَتھِ مو دَنہٕ ناو



ییٚلہِ آسہِ سوٚدُر روٗٹھمُت تیٚلہِ کیاہ سا سَرن رٲچھ

ییٚلہِ دارِ بَر آسن نہٕ کُنی تیٚلہِ کیا سا گَرن رٲچھ



پرٛتھ کانٛہہ شار چھُ اکھ دٲدی لد، حقیقی تہٕ گمبیر داستان، یوسہٕ پرٛزر بزوٗنہہ کُن اَنان قدرن نچھِ ناوان تہٕ آفاٰدیت پزاونچ توژھ چھُ تھاوان۔ بے شُمار شار چھِ مِسالہٕ دِنس لایق، ووں گو پرن واٲلس گنہِ یمن کتھن ہُند اِحساس بِتابہٕ

سٕنتھ تہٕ اَثر پزاُوی تھےٚ توٚے چھُس مِسالہٕ کم دِوان۔

کِتابہٕ منٛز چھِ ژٕمصری تہٕ واکھ تہِ شامِل۔ یِم چھِ شاعر ہٕنٛزٕ تمہِ نظرِ ہٕنٛز باوَتھ کران یوسہٕ تس زِندگی تہٕ موت کِہن اَبدی سوالن مُتلِق چھےٚ۔ یہٕ سمسار چھُ نشور (فنائی) اَتھ کُس کرِ اِنکار۔ اماپوٚز خوٚبصورتی تہِ چھِ یٚیمہِ دُنی ییٚہک اکھ اہم پزر۔ اَتھ چھِ بے پناہ روٗپ تہٕ دوٚکھس منٛز زِندگی چھاوٕنی چھےٚ اکھ عجیب تصوٗر۔ یِژھ زِندگی ہیٚکن ریٚشی یا فقیرِ گُذاُرِتھ، عام اِنسانس کیتہِ چھےٚ اُزی چہِ پریشانی تھکھ دِوان۔ دِلہِ ہُند عام اِنسان اگر سوچنہِ بیوٚٹھ تیٚلہِ چھُس نہٕ کرنےٚ کینٛہہ۔ اَوےٚ چھُ سُہ باضے تہِ تہِ کران یٚیمیک نہٕ تس پیَی چھُ۔

یہٕ وٕژھ منٛزی کنھ، یہٕ اوٗسُس ونان تِمن ابدی سوالن مُتلِق یِم نازن ژٕمصری تہٕ واکھن وژنَن منٛز تلٕمتی چھِ۔ یِمن منٛز چھُ بھاونک بھاگیہ وار (طالع پسندی) پُنر جنم، گوناہ ثواب، کرمہٕ لون، خُدایَس شِکوٕ بیٚترِ سوال شامِل۔ مِثالہٕ پاٹھی:

مےٚ چھُنہٕ سنٛزبتھ بہٕ کیاہ دِمہٕ یوٕرِ سفرس
لگَن ننہِ تالہِ شاید تاپہٕ تژرس
سفر چھُم زیوٚٹھ کوٚٹھن چھُنہٕ سامرتھ کانٛہہ
ہلم داٗرِتھ منگان رحمت بہٕ تھزرس

یِمن سوالن اگر وَکھنےٚ کرنہٕ بیٚہموٕ تتھ لگہِ وَق۔ اُژی سوال چھِ اَز جوابس پراران تہٕ یِیہِ ماہ وَق زِ باقٕے سوالن تہِ نیرِ جواب مگر عالم کیاہ زِ بنیو، کیتھٕ بنٕیو، چھیکرس چھاہ سوٗرے نیستی منٛزے دزامُت، نیستی کیتہِ آیہِ۔ تِم سوال چھِ بڈٕ بٕن

بڈٕ ہن مُفکرٕن پریشان کران آمتی، سانہِ چھنہٕ کتھے۔ تؤے چھُکھ ووٗنمت

شاعری جُزولیت پیغمبری

شاٲعری چھنہٕ آسان کتھ یہِ چھِ رَتہٕ ژاٲنگی زاٲلتھ جذبن ٹھہراو دِتھ آفاقی باوتھ کرٕنی۔ مےٚ چھُ بے حد خۄشی زِ موتی لال کول نازؔ چھُ سبٹھاہ اہم سوالن وُرن ٹُلان تہٕ پرن واٲلِس مُتاثر کران۔ لفظن ہُند ریشم کپٹی کڈان، واٹان تہٕ اتھ مَنہٕ چھِہ (ژبتھ) سِنگار دلنہِ مَنز شۄبہٕ راوِتھ کاغذس پیٹھ عمل کاٲری کران۔ یِم گُل چھُ گولاب تہٕ تہٕ گُلالہٕ تہِ۔ گولالَس داغ ہتی تہٕ گولابس کنڈی۔ کھرِ دار سمے، دِلہِ ہنٛدی ہنگامہٕ واٲلی دوہہ تہٕ راتٕ ژ، کُنبر، گرٛشمہٕ کراے، بُتھی کھانکھر کٕرتھ سیٚمٹھ کرٕزٕ، یِم نظرن کھبنہِ یِوان تہٕ دَگ چھِ ٹُلان، شور، اَشوژر (Polution) وو پر جاے تہٕ کشیرِ راونٛچ سۄپ سۄپ دَگ، وُنیدٕر، زِندگی ہنٛدی غم، اَتھی مَنز شارٕ کھٕرٕنی کھارٕنی یِم بجاے سوکھ دِنہٕ سآری ہے وجۄدس کانپہٕ ناوان چھنہٕ آسان کاٲم تہٕ یہِ تخلیقی سفر چھُ نازؔ صاٲبن سبٹھاہ خوش اسلوٗبی سان انٛجام دِیُت مُت۔ سیوٚد سادٕ شخصیتھ، یِنامہٕ یِم شۄبَس تِمن ہُند نہٕ طماہ یِی گو اَکس قدآور شاعِر سُنٛد بجر۔ سنجید رۄزِتھ غم ژالُن، شارٕ گرٕنی خاص طرٕچ یوسہٕ تآریفو کھوتہٕ تہِ زیادٕ کینٛہہ منگان چھِ۔ تہٕ ییتہِ لفظ چھِ ژھوکان تہٕ سرۄر چھُ پھیٚرِ پھیٚرِ پشپان، بشاشت چھِ ہۄل گنڈان تہٕ باوتھ چھِ رقص کران۔

**ارجن دیو مجبوٗر**

آر۔ کے۔ وِہار، اُدوے والا، جۄم۔

# گوڑ کتھ

ترٛے یم شارٕ سۆمبرن چھَ توہہِ برٛونٛھ کنہِ حاضر۔ اَتھ منٛز چھُ اکہِ
پلہٕ پتٕمہِ دٕہی لِکہِ کلامہٕ منٛز کیٚنٛہہ غزلہٕ، ژُمصری تہٕ واکھ ترتیب آمٕتؠ دِنہٕ۔ امہِ
برٛونٛہہ یم زٕ شارٕ سۆمبرنہٕ چھاپ سَپدییہِ تِہنٛز تفصیل چھَ یِتھہٕ پأٹھۍ:

ا۔ ''کیٚنٛہہ غزلہٕ کیٚنٛغہہ نظمہٕ'' عُنوانہٕ شارٕ سۆمبرن أس 1978-79ہٕ
یَس منٛز چھاپ سپٕز ہٕش یِتھ زَن ریاستی کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ تہِ اوس دِیتٕمُت۔

ب۔ ''پوشہِ گُج'' ناوِچ شارٕ سۆمبرن أس اَمہِ پتہٕ لگ بگ ترٛہو دٕہلو
پَتہٕ چھاپنہٕ آمٕژ۔ یِمیٚک وَجہ تِم ناگُزیر حالات أسۍ یِم زَن سارِنٕے وێدۍ چھِ
تہٕ یِمو سانہِ خوشگوار زِندگی ؤترِ بُنیٚل ٹُل۔ اَمہِ علاوٕ أس پَنٛنہٕ تہِ تنگدستی یوسہٕ عام
کأشُر لیکھن وأٔلِس آویز چھِ تھاوان۔ یہِ سپٕز 2001ہٕ یَس منٛز چھاپ۔

ج۔ ''پوشہِ گج'' چھاپنہٕ بڑوٕنہہ اوس مے 1980ء یَس مَنٛز رابدرناتھ ٹیگورِ سٕنٛز شہرہ آفاق کِتابہِ ''گیتانجلی'' ہُنٛد پٲدی انواد کوٗرمُت۔

د۔ اَمہِ پتہٕ چھَ یہِ ترٛیم شارٕ سوٗمبرٕن۔ پرٛتھ کانٛہہ اُدیب یا گونہٕ ماتھ چھُ پَنٕنی کِنی پرٛتھ کانٛہہ چیز تھٕکٕنٛ لایق لیکھان، مگر پوٗزٕ ے بوزٕو پرٛتھ کیٛنٛہہ لیکھِتھ چھُ پرٛتھ کیٛنٛہہ پَرٕ باسان۔ میانہِ اند ازٕ چھُ ادبک سفر اَژھیوٗن تہٕ یہِ وَنُن زِ میوٗن یہِ غزل یا میٲنی یہِ کہانی چھَ شاہکار ہیکہِ نہٕ پوٗز اُستھ۔ غالبس اوس پَننہِ فارسی شاعری پیٹھ فخر مگر یوٗت تھوٗد مُقام دِیُت نٕس اُردوٗ شاعری۔ پرٛتھ کانٛہہ لِکھٲری چھُ پَنٕنی کِنی پرٛتھ کیٛنٛہہ اَزی یِک لیوٗکھمُت تھَدِ درجک مانان۔ مگر لیکھِتھ چھُ سُہ بیٛیہِ تَشنہٕ روزان۔ اَوٕ کِنی چھُ پرٛتھ کانٛسہِ اُدیبس یا شاعر پَرٕن ووٕلُے کاہ وَچھِ کھاران بشرطیکہِ کاہ وُٹ آسہِ objective رو رِعایتہٕ تہٕ طرفدٲری وَرأے۔

پرٛتھ کانٛہہ گونہٕ ماتھ چھُ نٔوی تجرُبہ کران۔ پَنہٕ نِس اَندی پٔکھس سام ہیٛتھ امیُک اثر قبوٗل کران تہٕ شارس پَنٕنی کِنی خاص لفظ وَر دِنٕس مَنٛز پٲران، بشرطیکہِ لفظ ژارِ مَنٛز لفظ راش یا شَبدٕ کوش اَتھہِ روٗٹ کربس۔ شار وَنُن چھُ زاُوِیل موضحتہٕ پَنہٕ تارُن یٮ۪مہِ کِنی تخیلہٕ چَن اُچھن تیٖل چھُ یِوان۔

اُڈرٕن سوٗنچ تہٕ پَتہٕ اَدٕ لفظہٕ ژٲر

تھَنہٕ پوان اَدٕ شادہ شارٕچ شیرٕ پٲر

شار وَنُن چھُ کلہِ ہنٛدِس سوٗدرس ڈُنگ دِتھ پَنہِ مُقدوٗرٕ موضحتہٕ کھارُن۔ اَمہِ

باپَتھ چھُ مشق تہٕ کل لاَزمی۔ شار وَنہٕ کِس سمیَس تام چھِ گونہٕ ماتس پارِدِچ بے قرأری آسان۔

گَلہِ ہُنٛد پارُد لولہِ للہٕ وُن
زا شُر للہٕ وُن صُب تےَ شام

نوبن تجرُبن جامہٕ پأراوُنس مَنٛز کوتاہ چھُس بہٕ کامیاب سپُدمُت، تَمِچ مؤلہٕ آنکہٕ وَن ہکِو توٚہی پانہٕ کٔرِتھ۔

یَتھ شارٕ سوٚمبرنہٕ پٮ۪ٹھ چھَ گوڈِنچہ لٹہِ میانِو کیٛنژو ہمعصر گونہٕ ماتو یِمن اَدبہٕ کِس مأدانس مَنٛز تھکبہٕ وُن مُقام حاصِل چھُ، پَنٕنۍ راے ظأہر کٔرمٕژ۔ بہٕ چھُس تِہنٛد سبٹھاہ شُکر گزار۔

پَتِمٮ۪ن کیٛنژن وٕرِیَن مَنٛز آیہِ کأشرِ زبأنۍ مَنٛز وارِیاہ کِتابہٕ لیکھنہٕ۔ یہِ چھُ ماجہِ زیٚوِ ہُنٛد لولے بیٚیِہ نہٕ کینٛہہ۔ کأشرین کِتابن چھُنہٕ نہٕ کانٛہہ ہینہٕ وول تہٕ نہَ کانٛہہ در دِل۔ کأشرِ لِکھأرۍ چھِ پَنٕنِ لولہٕ کأشرِس ادبَس بٔرژر کٔرِتھ گوڈ بَران۔ اورِ یور کٔرِتھ پَنٕن پأنسہٕ ٹوٗنک خرچِتھ کِتاب چھاپان۔ اگر سرکار اَتھ کُن توجوہ دِی ہےَ تہٕ کِتابہٕ موٚلی ہینٛک کانٛہہ مُستقل اِنتظام تھَوِ ہےَ، لیکھن والین بَڑِ ہےَ ہمتھ تہٕ کوٗشُر اَدب تہِ پھٕرتھے ژھوٚر ژھوٚر۔ باقی رِیاستن ہٕنٛزن زبانَن چھِنہٕ یِم مُشکلات در پیش۔

پَتِم شارٕ سوٚمبرن ''پوٗشہِ گُج'' چھاپ سپُدتھ کٔر وارِیاہو اَدب نوازو گزاو زِ اگر دیوِ ناگریَس مَنٛز تہِ یہِ چھاپ آسہِ ہے سپزِ مٕژ اَسی تہِ ہیکِہٕ ہَو پٔرِتھ۔ اَوٕ

مؤجوٗب چھاپ مےٚ نستالیقس ءتےٚ ءتےٚ دیوناگری رسمِ خطس منٛز تہٕ، یتھ زَن یہِ گژاو دؤر گژھِہ۔

اُخرس پیٹھ چھُس بہٕ پنٕہٕ نِس یارس شری ایم۔ایل رینہ سُند سبٹھاہ شُکر گُزار۔ تیٚمی زَن یہِ کِتاب چھاپنہٕ باپتھ مےٚ اَتھِہ واس دیُت۔

وۄمید چھَم پرَن والین یِی یہِ شارٕ سۆمبرَن پسَند۔

**موتی لال کول ناز**



# غزل

شام ڈُلی تھےِ ہَمَن کوّت بےّ سو کھ مَن پُٹُن
سونٛچ ژامُت ہِگتنِن کوّت ہَمَن ظون پُٹُن

نالٔکی ترٛاوِم خَیالَن مےّ گم موخٕتہٕ ہار
وَقتہٕ چِھن ترٛامہٕ آشَن گوّرُم سون پُٹُن

أشتہٕ گی وُچھی مےّ ژھایَن گران نالہٕ مُتی
ڈالہٕ مأرِتھ گران کوچہِ پھیرُ زَن پُٹُن

صبحِکس شَبنَمَس گوڈ ژٕ کوتاہ بَرَکھ !
پان چھیِپہِ دِہُن أمِس تاپہٕ کرٛایَن پُٹُن

پڑژھنۂ روۂستے مے باسان ووُنم تَس سمبٹھاہ
سَۂنۂ روستے دَپان ناو بئیہِ وَن پُپَن

اَتھ وَتھۂ چھَنۂ یِوان زال ووُنتھ وَتَن
دائے تَدبیر پڑژھ سأ ژۂ قَدَمن پُپَن

بونہِ وُتھرَو دوہے تالہِ پیٹھ کرٛاے رٔٹ
سَن اَگر زَن سَنکھ ناز تھَو ظون پُپَن

اپریل ۱۹۹۹ء



# غزل

صُبجکی شاہ شامَو سوٗ ژرأ وی
آشَن ہِنْدی چاہ ئُمی پُرنأوی

بالہِ تھوٗنگِس پٹِھ ژأنگی رہاہ
اُتھی وُچھی وُچھی اَسِہ شاہ سوٗمبرأوی

اَتھِ گِس آمُت وَیہِ وُن وَکھ
لَلہِ ہِنْدی نِلہِ وَٹھ اَسہِ وُشنأوی

پرٛتھ گُنہِ گَتھِ اوس سیٚود مانے
کأتیاہ نَب ناتھے اوبرأوی

زیرِ اَسی گُری گَم بَلہٖ وِیرِ
اونگجہِ ٹھٹنڈ بن پیٹھ اَسہِ نَڑِنائوی

اَسوٗنہِ ھونجہِ دِژ کھسوٗنی زیرِ
ڈُبکہٖ دژہُہِ ہیٚرِ پیٹھٖ بون وُرکائوی

شمعس اَتھِ پوپُری سُنٛد شاہ
گَم گَم پوپُری اُمی نَڑِ نائوی

ناز تہِ دِیھے سازَس زیرِ
وَقتَن ساز مگَر بگرٲوی

مئی ۱۹۹۹ء



# غزل

دَڑِ چھُس لوٚگمُت گَڑِھی زَڑِ زَڑِ
پَڑِ چھُس پیوِمُت لوٚگمُت مَڑِ مَڑِ

سوٚ درَس ترِوُن گِتی ما گَڑِھنَم
ما ٹھےِ رووُم جُت گَتھ ساۓ گَرِ

پوِشہِ گَتھَن تام گٔنڈی پچھِم باسان
کھڈنہِ کھڈنہِ چھُے کھیٚون گَرِ کھا دَڑِ دَڑِ؟

اَسنَس ءَتی اَسہِ وَذنَس ءَتی وَدِ
پَنِنہِ مِزاژُک کِتھِ کیٚنہہ نوٚگَرِ

پَرِ پُشسے کیاہ پَرِ پُشہِ تڑاوے
پَرِ ژھینئے زَن لگو ءِتی اَرِ سَرِ

سَرِ گَروُنی زَن بَر ٹشگہِ دڑاءِتی
ؤِتھی وائنِس مَنز ِکتھِ گرژھِ کینٛہہ کھرِ

پڑتھ کُنہِ لَنجہِ زَن لوٚگمُت دوٚریَر
پانیارَس زَن لوٚگمُت اَرکھرِ

یادِ ووتُر چھُنہِ نازَس چھوران
پڑانوِ تارَو ِکتھِ سأے ووٚنی ترِ

۱۲ دَسمبر ۱۹۹۹ء



# غزل

رأوٕمژ ساأڑے مےٚ سَتھ دوہہ لوٕسوُن
رأوٕمژ زَن وَتھ تہٕ گَتھ دوہہ لوٕسوُن

ہے بہٕ لوٚت أسِتھ تہِ زَن یۄتاہ گوٕبیوس
ووٚنی مےٚ چھَنہٕ کانٛہہ سامبرَتھ دوہہ لوٕسوُن

کانٛہہ تہِ لَنٛڈ چھَنہٕ اَتھ کُلِس باسان شٕہج
بَختہٕ بأرِگس لُج یہِ لتھ دوہہ لوٕسوُن

بوس زَن آمُت پھُٹِتھ سیٚنٛس چھِ دَگ
کینہٕ روٗٹُمت چھُن فَقَط دوہہ لوٕسوُن

تیل موکلیوُمت چھُ ژٲنِکس لگٕو بُڑکھ
زاگہِ کُستام واو اَتھ دوہہ لوٗسوُن

میانہِ وَتہِ پگنَس چھُ موٗراں کٲر ووٗنی
چھُس بہٕ پڑاراں مائے ہیتھ دوہہ لوٗسوُن

نازٓ کھوژان گَتھ چھُ بازَر پیٹھ پیٚنَس
چھا وٕنۍ لایَق یہِ گَتھ دوہہ لوٗسوُن

۱۴ دَسمبر ۱۹۹۹ء



# غزل

شامہٕ شامے ووتھان آمہٕ تاوَن وُرُن
رأتی راتَس ژھرٛ ٹان تاوِ پیٹھ زَن گُرُن

آشہِ ژأنِگس سوتیمٕ پچھَ گاشٕج سَتھے
بڑوڈ چھُ کاسُن نیبرٕی بیٛیہِ اوٗنڈُر گاشرُن

یارِ وَن آسہِ ما وِگنہِ وَنوُن گَران
دِگنہِ اوش آسہِ تڑاوان تیٛمبرٕ زَل ترُن

شانت شیتَل ڈلَس شورٕ سینَس بوٗرُکھ
ژایہِ پَمپوش شڑوکنن کھلَو ہیٛوت وُرُن

نؤن ہبتھ وُنہِ تہِ آسیا گرٕ ھان نیؤر کاثھہ؟
پوشہِ مَرگو تہِ ہیٚوتمُت چھُ ووٕنی گابرُن

بوٚڈ گوناہ چھُے یِہوٚ ہےَ کیازِ چھُک بے گوناہ
کَتھ کرٕنی ووٕنی مَنع، چھُے مَندیُن شاہمُرن

ٲتجِہ کیا ساَ دِوان وٕنی چھَ گُٹھی تاہلوَن
ٲلی ناشُک وَجہ ووٕنی تمَن دآیرُن

زونہٕ گاشَس اَنٛدَر کونگ پھُلے پوشِرِ چ
خؤنہٕ ئُری زَن گاہش تارٕ بَدلےَ ترُن

شالہٕ ماٲرَس، نِشاطَس تہٕ بیٚیہٕ ڈَکسُمَس
پُریہِ محلَس تہِ نازوٗ سَبَق نوٚ پرُن

# غزل

أچھَن اَگَر تھوَہگھ ژٕ ترٛاے زانٛہہ اَسِوٕنی
ڈَلس پَمپوش پھولٕہ ہَن ٕکتی رَنٛبٕہ وٕنی

آسہِ ہے کانٛہہ تہِ وَچھَس مَنٛز دُبراے وَیہِ وٕنی
سونٛچہِ وُڈَرن تہِ ما لوسہٕ ہَن پاد کھسوٕنی

پھٕہرِ ژَمہِ پٹھ ووتھان دَگ رٲشمَس تامَتھ
کاروانَن قدَم روٹٕہ گَرٛشھان پگٕہ وٕنی

یَپارِ ہِتَس گَرٛشھان مَتھ اَپور ترَٛس
موسِمَن ہٕندی مِزازٕ گَرٛشھُن آسنہٕ وَیہِ وٕنی

لَگان گَم زاٗلی چھِ ووٗنی یادِ ووترِس
سَنان جِگرَس چھِ گَم گَم دآدی سَنہٕ وِنی

آوِسان پرٛتھ بوٗتھ چھُ پرٛتھ ڈٲری یاوَس
تی وَنان ووت تِمَن رٕوٗدی یَم ترٕوِنی

آمپہٕ مَنگوِنی سبٕتھاہ آویزٕ آلٕنٕن
دَران چھا نازٕ لَنجٕبن پپٕتھ اٲلی الکہٕ وِنی۔

١٦مئی ۲۰۰۰ء



# غزل

وَنان ووتُم مےٚ تَنۂ یَنۂ یور آس
سَنان رؤدُکھ مگَر دوہدِش ژٔ گم کاس

بۂ پڑاران سوشتھ کاڇ چھَس تیمبۂرزَل
مگَر بوٚمبرَن مےٚ ما زاشہہ دِیُت یِنگُ باس

اَگَر ٹُلۂ ہگھ زٔ دَس میانمن اَمارَن
گِرٛہُن ماسائَ مےٚ گَرِہے زؤنہِ یتھ گرٛاس

اَگَر زَن ناگۂ وُزٔنمن زاگۂ روزَکھ
اَتھَس مَنٛز یِی اَنٛدٔری رازَن ہنٛزٔے راس

غوطَن گُرڑھی گُرڑھی ہَتَن طَرفَن ژٔ پھیؤرُکھ
مَتاں ئلی چھک ووتھاں شوقَن ژے گُھی کاس

ہَناہ ووڑی ناز ہَرگاہ باز یی ہے
اِمس بَنہِ ہے مَنَس مَنْز مایہِ ہُنْد واس۔

جون ۲۰۰۰ء



# غزل

سٔنِتھ گَس گَس پَنُن گُدرُن وَنُن توٚگ
بٔنِتھ یَس آسہِ آمُت، گَتھ سَنُن توٚگ

وُچھَو کوٚت تام شیٚتَل شاہ رَچھکھ وونٕ
وُڈٕر کھَسہٕوُن شاہَن کوٚتاہ ہَمُن توٚگ

نَیَن نیرٕن گرٕکھ کِتھٕ گٔنٕ ژٕ پےٚ وَن
پٔہلی قدمٕے سوٕتیٚمٕشٕ گَس وُچھُن توٚگ

ڈٕلکَس لیکھِت چھَ سَمیَس نوٚ عبارتھ
اَمُک مَفہوٗم بَدلےٕ، گَس سَنُن توٚگ

گُمڑ زَن سارِنے باسان گُنز نَس
نَتے مکریر أنڈی پُکھی گس وَنن توّگ

یَمن نظرَن نہَ سأ کانہہ شوق ووتلان
نظارَن تیہہ چھَ وُڑھمڑ گس وُچھَن توّگ

چھُ ییمہِ شَہرُک ٹھچھَر زَن زہَر الماس
رَگَن منز گو ووجوُدَن، تی سُہَن توّگ

پکُن نازَس تہِ پوَ وُپہِ بأل سَرٕ گو
کُمس وُپہِ بأل سَرٕ گَن پتھ پکُن توّگ

۱۲ اگست ۲۰۰۰ء



# غزل

وُچھان تھَلِہ تھَلِہ تُمِس چھِس وُنی کریم گَتھ
تُمِس چھِنٕہ زانٔہہ مےٛ گُن وُچھِنٕچ تِہ فُرصَتھ

اَگر بوزُن مےٛ تگِہ ہے، راہ مےٛ کباہ چھِم
سہٕ گو نیرِتھ، دِژن لوَلِس یہ رِکَشھ لَتھ

سہٕ گُس ووٗنی یاد پاوبس آدنُک شرٔہہ
زُوان چھِس آدٕنچ یادا وٗری ہبتھ

بہٕ وَنٕہ کباہ رِکَشھ بُسَر لَلہٕ وُنی مےٛ تھاوٕن
مےٛ نِش وأتھ دَزان پرٔتھ کانٔہہ شٕہج سَتھ

مےٓ باسان رَنگ پَنِٔز سأری سوٕتیمتی
دِوان سأری، توَے اَتھ بدلہٕ رَنگتھ

رَٹان باضےَ بہٕ موچھِ مَنٛز چھُس پَنِٔز شاہ
سہُ مایی پوشہِ قدمو، کھَسہِ مےٓ توٚہمَتھ

ووپَر وَتہٕ وِٕے تُٔمِس گرٕڑِش سبٹھاہ گل
مےٓ باسان پیٚر گےَ سأرے مےٓ اَرزَتھ

کُٔمِس نازَس گوٚمُت اَز طوطہٕ اَڈکوٚل
مُٔشِتھ شَمعس گُٔمِش زَن پوٚنِٕپرِنٕ گَتھ

۲۸ اَگست ۲۰۰۰ء



# غزل

سُئی ژۏرَن تھَپِہ نیۏنَم اَسِنُے
بِیہِ دوپَنَم دوکھہِ وُڈرَن کھَسنُے

کۏٹھی لۏسم نا ھَتے یۏت پگِتھ
بُسی بُسی تہِ تَگان چھنہِ یِیتہِ بَسنُے

صُحرأوی سکِلی یِیتہِ سَگہِ ناوِم
پانۓَ پاَنس پیٹھ پوٚ اَسِنُے

احساسَن تام سوٚئیمُشی شاہ
پوٚ تالہِ ژبلَن تل یِیتہِ لَسنُے

پَنٖی گَتھ باسان اَتھ وَتھِ روس
پڑتھ گَتھِ پھوٖ ٻیٹھِ وُئمنٖ کھَسئُے

یَتھ وأنسہِ تہِ حائصِل آو نہٖ کیٹھہ
پھوَ نازَس ہیٹرِ پٹھ بون وَسئُے

۱۸ سَتمبر سنہ ۲۰۰۰ء



# غزل

شام تتھٕ گنان چھَ صُبحٕچ گَل
صُبحُ وأتِتھ دِوان چھِ شامَس دَل

بَس یِمَے اَند مےٚ تیٚمِر و جوٗدَن رٕڈٕ
کرٕ پر موٗنڈگس تہِ وأنسہِ پھوٚرمُت ژھَل

کاژِ تَل روٗڈنَس نہٕ کأنسہِ اورٕکی
پأنٕ پانَن مےٚ پان اوٗنَم تَل

سوٗنچہِ سالَن پیوان چھَ ہورٕنی سَب
سوٚپنٕہٕ مایا یِوان تہِ چھا بامَل

گَتہِ مِزاژ کی ءُڑھلی وہ ہار
وَقتہِ واوَن تالہِ دِیُتنگھ ژبل

پوشہِ باغَن اَنْدر ژِ چھاوَکھ کیاہ ؟
پوشہِ باغَن گُمڑ چھَ اُدرے کھَل

کیاہ گَرَو ووٚنی سبزر پَزر رُژھرِتھ
سیکہِ صُحراوَس رُواں گژھ تھَل

کوٚت باسان بگُر چھُ وَقتُک ساز
لےَ اَگَر ژھانڈَو چھَ باساں لبل

وُنہِ تہِ نازَسؔ چھُ نیب زوٚدار
وُنہِ تہِ باساں تُمِس چھُ باوٚژبل

۲۰ ستمبر ۲۰۰۰ء



# غزل

ساز بوزاں ژٕ أندرِم روزَکھ
تارِ وَزنۍ تہٕ نَغمَے بوزَکھ

گَن دِکھ، گَنَو بوزَکھ ءگَنٛ ءگَنٛ
پۆت وَنَس گُن ژٕ دورِ دورَکھ

ہَرٕ کالَس رَچھَکھ کانٕج دٕرٛمنَس
سوٛنتہٕ کالَس ژٕ مخمَل وَتھرَکھ

وال ووتلُن چھُ مَنہٕ ہَر پرٛاٹھُن
ہول ییٚلہِ گرٛڈِ تہٕ پانٕۍ بولَکھ

وأُنسہِ آمُت تہِ أسی تَن پان
دَپھ خیالو کنۍ جوانیٔ روزَ کھ

گَل گَنیم چھمنہٕ ووٕنی چھوراں
زاٗلی پنٛجرس بَڑان چھے رونگھ

سوٚن ووٗگن ناز روو وَرتاوس
کاٗنسہِ پورکھ نہٕ پانٔسے پورکھ

۲۶ ستمبر ۲۰۰۰ء



# غزل

گرِ اُستھ لگہِ پرِکُے باس
وَسواسَن تھَنہٕ پھِن وَسواس

ہنہٕ آمتی پانیارکی رَنگ
ژھنہٕ گامتی اِسوٗنی اَتھواس

کوٚت گےٚ تم ووسہٕ دڑوسہِ ہٕنڈی دوہ
کوٚت گو لَسنُک بَسنُک باس

وولہٕ ییٚہہِ ییروَ لولُک اول
اَکھ اَکی سُنٛد بییٚہہِ تھاوَو پاس

کوشُر چھُس کأشِر چھُم کرٛام
گرٕی تن گرِ زَن کانٛہہ گتھہٕ ساس

بُتھِ لگِو بُتھِ روسی تتھ بُتھِ روس
بُتھِ روسی تتھ منٛز بےٟ شِگنیاس

نابۆد ن منٛز لیۆکھ ناو
بۆدَن منٛز برٛونہہ برونہہ ووتلیاس

ژٕندرس ہَنہِ ہَنہِ تھَنہٕ پیٚیہِ زۄن
گرٛہنہٕ متَو زَن کوٚر اَتھ گرٛاس

بَربگہٕ یُن گس فِکری توٚر
سَنہٕ نَس وَنہٕ نَس ووتھ گِھ کاس

ژٕبتہٕ وٕترِس سگواں گو ناز
ژٕبتہٕ وٕترِو دِتھوس وَنواس

نومبر ۲۰۰۰ء



# غزل

اَکُے یَتھ ظُلمَتَس مَنٛز ژونٛگ دَرِ ہے
اَکِۍ اَکھ گاشہِ لِتھ ئو آش گَرِ ہے

رَنٛگُر رَنٛگہِ ہی مگَر چھُکھ یوٗت مَلہٕ کُت
مَنُٛک کرٛ یہنر مَدَے رَژھ کھَنٛڈ تہِ وَسِہے

قَرارِچ گَتھ بہٕ گَرٕہاۓ تَتھ موژِو کرٛنٛز
اَمارِچ گَتھ ہَنا سُمہِ تارٕ ترِہے

سبزَر ییٚلہِ آسہِ تیٚلہِ ہُٕج گَتھ گرٛھان سیٚود
ہَجَر ییٚلہِ اوس سیٚز گَتھ گَس نہٕ ژَرِہے

ڈلَس منْز زاگہِ نارُژ گاڈِ رؤ ڈے
سوزَن ژلہِ ہے، تہٕ گَتھ گُن، کور ژلہِ ہے

ژ پنہٕ نِس پوّت وَنَس منْز اَژھتہٕ لوّت لوّت
ظونَس چائِس پَنَس گُس موٗحتہٕ ترِ ہے

شِہُل ژھانْجوتھ کِتھٕ گَن ڈُہلی تاپَس
وِہُل وَق یُتھ، ہِرَس گَس گَس تہِ وَسِہے

سَرابَن پتھ دَواں گے وائْنس نازَس
نَتےَ شوقَن سہٕ نُوی نُوی ناو گرِ ہے

ستمبر سنہ ۲۰۰۱ء



# غزل

تابَس سوریا تاب، خَبَر
تارِ مَشیا مضراب، خَبَر

بوچھِ روءسُتے واہ سورءِمڑ
دوہلی ڈیءِشنڑ خاب، خَبَر

سوّ دَرَس لگَہِ ما سیّدِ بُتھِ تار
بُٹھی ڈیشَن ِگرداب، خَبَر

اَسوءِنی لَسوءُنی بَسوءُنی ساتھ
رأسی گُمتی اَلقاب، خَبَر

گَتھ کھٲژمژ گُلی تیٚہرٕن زَن
اَتھِ مالی مُتؠ آب، خَبَر

آمٕن آشَن ہُنٛد جودَتھ
گَنٛڈٕ تھاوَن سیٖماب، خَبَر

وَنٛدٕ کٕڈ کارَس مَنٛز گُمہٕ شرٛان
گرٛشمُک سوتہِ اَختاب، خَبَر

وُلٹٕہ وُریُک پیٚنٛز ووٗنُن
کیٚسرِ تلُک زَن آب، خَبَر

کُس موسِم کُس آمُت راس
نآزو کیُتھ سُہلاب، خَبَر

فروری ۲۰۰۲ء



# غزل

اَگَر پڑٔژھک پڑٔژھتۂ پاٴنَس کیٛنؕہہ
پَتَے پڑٔژھک پڑِژھ جَہاٴنَس کیٛنؕہہ

سوٚ درِ سَنِ کی لَگھ موٚدِری معانے
ظاٴہِر چہِ وَتہِ سَنگھ غاٴیَباٴنَس کیٛنؕہہ

دارِ بَر دِتھ تہِ ژھارِ آدَم تیوٚت
پڑٔ اٰری تَن مَتہِ سہٕ کارواٴنَس کیٛنؕہہ

قَرنہٕ وادَو پٹھ وُچھان بوزان گو
آونہٕ اَتھِ اَتھ سُنگِستاٴنَس کیٛنؕہہ

اَز ہرڑان ہیٚچہِ گُرِتھ پرَنس
پڑانہِ قدرَے نہٕ کِٕنہِ وانَس کینٛہہ

پٕرٛی روٚیَن تہِ اَز ژھربرٕ باسان
پٕرٛی روٚیَن پٕنُن نہٕ پانَس کینٛہہ

ناز کوٚرمُت چھُ زَن دیوانہٕ سٚمیَن
چھا وَنُن تگاں اَز زمانَس کینٛہہ

فروری ۲۰۰۲ء



# غزل

سوٗنچہِ واللہن نہٕ سوٗنچنَس وار
مأنؠ رأوِتھ نہٕ مانہٕ نَس وار

کاتھہ تہِ باسان چھُ کأنٛژ چیٚتھ ما
آسہِ یَس تَس نہٕ ہاوٗنَس وار

باس تھَنہٕ پوٚ اَبأسِس زَن
توتہِ باسَس نہٕ باسنَس وار

وَکھ چھُ پیٚنٛز تہٕ ووٗنُن ہیٚتھ
کأنٛسہِ چھے نہٕ ووٚنہٕ نَس وار

کیاہ وُچھک تہٕ کیاہ تھَوکھ وُچھنے
یۄت وُچھی وُچھی نہٕ سأ چھُ وَنہٕ نس وار

تم قَداوار گَتھ، گَتھے روزَم
تولہِ گُس، گَس چھُ تولَنس وار

جورٕ نیری نہٕ شورٕ بَرنَس کانٛہہ
شورٕ ہَو، چھا سأ شورنَس وار

نازنیٖنَن چھَ تازگی ترٛٹھ ہِش
شأعرَن تیۄت وُنہِ تہِ وَننَس وار

لارِ لَد ہیۄ چھُ نازٕ پرٛتھ کانٛہہ
کأنٛسہِ ما کیٛنٛہہ چھُ بوزنَس وار

مارچ ۲۰۰۲ء



# غزل

ژَم سبٕٹھاہ پھٕہر ییہِ زَن گٔشۍ گٔشۍ سَمیٕس
گَنڈَو اَستانٕہ گَتہِ گَتہِ دٔشۍ سَمیٕس

أشۍ بُکٕہ ہتھ روبۄدٕ أچھ وُچھہَکھ!
پٔشۍ وَنَن ٕگٔرٕ چھےَ زَن گُٔشۍ سَمیٕس

آنٕہ خانَن اَنْدَر چھَ سَتھ رٔژھرٕنۍ
شیٖن رٔژھرِتھ تھَوُن چھُ ٹیٖنٕہ پٔشۍ سَمیٕس

زیٖنٕہ روس گُر چھُ پھیٖنٕہ کھارانےٕ
کیٖتۍ دَب لٔگِتھ تہِ دَب مُٔشۍ سَمیٕس

پوّت وَنَس مَنْز مَنْزِلی بأتھ گُگرِ ذ
باگہِ آٸمتی چھِ ہَشہِ نوّشی سَمِیَس

کیا سأ ژارَکھ ژِ نازِ روژِوُن وَیہِ وُن
کیا سأ نیرِی ژےّ وَنتہِ پُشی پُشی سَمِیَس

۱۴ اَپریل ۲۰۰۲ء



# غزل

نبَر مہَ تڑاو، اوش شڑ وپراو
ٹھانہِ وُتھِس گَر آو اَز تام چھاو

دوہہ دَرِ لوٚگمُت خیالَن ہُنڈ
موسمَن ہُنڈ مِزاز پَرکھاو

ظونہِ چھانہِ مَنز تہِ کوٚت چھانگھ
ژکتہِ کانژ یہِ چھانٛی بیٚہہ دڑاو

کانہہ مَقٕر پوشہے اَگل مَسلَن
ہٕنگل سَمِیس ژھومبَل پأراو

گَتھ چھَ وُچھنِج، بوزنِج، وَنہٕ نِج
وَتھ ژٔے یِی، گَتھِ یِہنٛز ہشراو

نیٚبرٕ نیٚبرٕ سہٕ موٗترآوِتھ اوس
أنٛدرٕ أنٛدرٕ وونگھ گِتمِن ژاو

اَڈ ڈٔنگِس لوٚگ یہِ اَڈور پان
ہور نازَن یہِ اُخری داو

اجون ۲۰۰۲ء



# غزل

تَس اوس وَنُن تہٕ وونُن وَنہٕ نےَ کوٗت
مےٚ تہِ اوس سَنُن تہٕ سوٚنُم سَنہٕ نےَ کوٗت

جواب زاگہِ اَسی زِ سَوال ووٕتھہَن
اَتھ ییٚنٛڈرٕ تُلِس اَوَے روٗد گتہٕ نےَ کوٗت

ژَلاں یَس نِش وَلاں سُے چھُم نال
خیال ؤتھی ؤتھی ووتھاں ووتھہٕ نےَ کوٗت

آو یُس اورٕ یورٕ چھُس گرٛشھِنےٚ
توتہِ روزاں چھُ مُری مُری مَرنےَ کوٗت

داری اَگر تۂ داری وَنگ ہاپُت
داری نےَ گھریک بأژ۔ وَنۂ نےَ کوٗت

رَٹنِژ نازَسؔ پیٔ دُدٔمی تلوار
دُپاسے ژھیٔنِتھ تہِ روٗد ژھنۂ نےَ کوٗت

۸ جون ۲۰۰۲ء



# غزٕل

کیاہ چھُ نیران مےٚ وَن گوتَن گرٕشھی گرٕشھی
سونٛچہِ ملَر بٕتھن نِش سوتَن گرٕشھی گرٕشھی

ٕکتہِ کالُک پرٛژھکھ بُنَن گدرُن
ٕکرٕ لَٹہِ آس ہَتَن یوٚتَن گرٕشھی گرٕشھی

لوسہٕ وُنہِ أچھ تہِ پوشہٕ ناوِتھ تھو
پھیرِ ما پوٚت تَمَن وَتَن گرٕشھی گرٕشھی

لأوی لولَن تہِ کأوی ہاوٕنی ہیٚتی
دانہِ وَوُناہ گرُن پرَبَتَن گرٕشھی گرٕشھی

آیہِ اَسہِ گُن رَنگ، مگَر بے رَنگ
لارِ لَتَن ہُنْد ماز وَتَن گُرشھی گُرشھی

پَنِنۍ آویزٕگی دَیَس پُشرِتھ
شیوٕ روٗدُم دوہے حاۓرَتَن گُرشھی گُرشھی

کِتہٕ کالُک ژٕرے نازٕ اَسِنَے چھے
ٹَسنہٕ ژٕٹنَے ما اوٗتَن گُرشھی گُرشھی!

۱۰ جولائی ۲۰۰۲ء



# غزل

سوٕے وَتھ سوٕے گَتھ سُےٚ صُبُح شام
سورُٕوٕے باسان زَن کِیُتھ تامٕ

گھرِ ژُے راوَن تیٚول کوٗران
کیٛنژھاہ کُرئ تو لول ہو آم

یِیٚتہِ زَن چھاٗوِم گَم أطلاس
گَتہِ بَنہِ پھٕرٕنگ ہیوٗ آرام

کوٚل چھُس گومُت ہوٚل اَنہار
پٕرٛ زَنتھ میاٗنی چھِ بوٚڈ اِبہام

آنٛچار سَرٕ ہٕنٛزی تُلی مُلی تار
دیٚد ہٕنٛز بَتہٕ دٕج سیٚنٛدِ بوٚڈھ شام

یارِ وَنَن باغَن مَرگَن
پنۂ ڈاٗلِو وِرِ وارَن کڑام

گوٚبِ گے پاٗنَس پٔنی شاہ
پاٗنَس نِش پاٗنے دوٗریام

وون میون پَنہٕ نٔبن تامَتھ رود
پَنہٕ نِس پاٗنَس کِتھٕ ہمہٕ سام

نٮ۪برٕ نٮ۪برٕ باساں نُنٛدٕبون
أندرٕ أندرٕ چھُس سَکھ بے رام

وَنہٕ نٕچ گَتھ روٗزِم وَنہٕ نَے
لَٹہِ لَٹہِ آیِم یوٚت یوٚت تام

لاریو نازَس سَکھ مَشرَ پھ
مَشرَ پھ آسُن بوٚڈ آرام

١٥ اکتوبر ٢٠٠٢ء

# غزل

اَسی تَن اَدِ آسہِ آسَن وول کانْہہ
یٖوٗر جاناوارِ نےٚ زَن اول کانْہہ

نظَرِ گس یِی سوٗرِ ڈیرَس مَنٛز ہرٛشَن
آسہِ موٚ دربن ءَستی زَن ٹیوٗٹھ کھول کانْہہ

ہے اَتھَن پھوکھ دِتھ بچان وَن گر نہٕ چھکھ
گاٗلی کھاتگ یُس تہِ دفتر، کھول کانْہہ

ووٗنی ہرٛ بٔنیان آسی دوٗنی دوٗنی
پہوٚ بےٚ شوٗنکِس سَلیہِ مَنٛز زَن وول کانْہہ

روومُت لَبہٕ ہَن سہٕ کیاہ لَبنہٕ وُنی ژٔرے دی
نےٚ رَٹَن وولےٚ تہٕ نےٚ دِنہٕ وول کانٛہہ

لول بَرِہگھ ناز وَن ،کتھ گَن بَرکھ
ییٚلہِ نہٕ پَنہٕ نےٚ چھےٚ ژٔرے پانَس لول کانٛہہ

۱۳ نومبر ۲۰۰۲ء



# غزل

سونچہِ شایَن لونچہِ زیٹھاں آے ووݨ
دائے تدبیرِ ے مَنگاں زَن دائے ووݨ

پان پڑدیومُت پَڑدی پَلوَن اَندَر
پاڑی پانگ گَر تہِ تگیِے پائے ووݨ

رازِ ہونزَن تامِ بود بڑتھییہِ زَن
کاہوَچَن چھَنہِ گُنہِ تہِ رَنگہِ کانْہہ جاے ووݨ

زَن پَدِ بن مُٹھِڑ چھَ پُتھِرِم پاڑی زان
گُنہِ تہِ میژچ روٗز ما ساَ کائے ووݨ

وَنتہٕ کتھ اوسےٚ ژٕ یُتھ تیشل بٔنٕ
تیشلَس لگوٕنی دِلس چھےَ گرٕاے ووٕنی

توتہٕ پوٗت کھوری یِواں پھیرِتھ تہٕ زَن
چھُم نہٕ پوشاں آ گرٕچ زَن مائے ووٕنی

وأنسہِ ہنٛزِ یَتھ پوتھِ وَرتھٕ رأوی زَن
گُنہِ تہٕ وَرِچ زَن نہٕ روٗزٕ مائے ووٕنی

چھےَ گرٕن ییٚلہِ گاش سَرِ تیٚلہِ گاش بَن
آشہِ سوٗتھی نازو پرٛتھن پرٛتھ شاے ووٕنی

اَپریل ۲۰۰۳ء



# غزل

زِنٛدگی مَنٛز دوٚکھ تہٕ سوکھ دوٚنوَے چھِہ زَن بھارِنۍ گَتھا
رَے گٲرِتھ دوٚنوٕنۍ پتو وَیہِ وُنۍ چھِہ کانٛہہ ژھاٮ۪نۍ گَتھا

وَقتہٕ کِس أنَس اَنٛدَر وُچھکھے تہٕ پرٛتھ کانٛہہ عکس چھے
أنہٕ زَن پھُٹرَکھ تہٕ، پرٛتھ کانٛہہ کھٔنٛڈ گَری بیٚہوٕنۍ گَتھا

نیٚوٗکھ موٗ درس زَن تہِ موٗ دریٕرے مُہِتھ کھٔنٛڈی پھُٹ کوٗرُکھ
خٲرٕ پاڑھَن مَنٛز تہِ کھوژُن، کوسہٕ چھِہ ووٕنۍ ژھاٮ۪نۍ گَتھا

آیِتَن سورُوٕے تھٲوِتھ چھےَ مایہِ مٲژھی جاٮ۪چ وبڑھےَ
پڑھ أزِچ مَژھِ ماز کھٕبتھ رأوِتھ گَراں بَرٛژھوٕنۍ گَتھا

ہے ژٔے چھُے سورٕے میٚہ وَن تیٚلہِ کیازِ چھُک ہوٗرِتھ بہِتھ
رووُمُت ، کیاہ چھُے سَنیومُت ، گرتہٕ ووٕنی سَنہٕ وُنی گتھا

گُلشَنُک گُلشَن چھُ اَسہٕ وُنہِ بُتھِ باساں زَن وَدان
ناز پرٛتھ کانٛہہ شےٚ گراں دَم پھُٹٕ گرٕھتھ وَدوٕنی گتھا

جولائی ۲۰۰۳ء



# غزل

شوقہِ شَمعس نہَ ساۓ واو دَزنےَ دِوان
پوٚنپرِس کاٚنسہِ گَتھ ماساۓ گرنےَ دِوان

واٚنسہِ ہنز پوٚتھی پرٕی پرٕی تہِ روزاں اَپر
زاٚوی جاراہ اَمبٕک اَتھ نہٕ پَرنےَ دِوان

رازٕ ہونٛزَن تہٕ مُٹھ زَن دوٚدِچ پاٚری زان
کاہ وَچَن نیٚندرِ کیا ساۓ نہٕ ووتھنےَ دِوان

سَتھ پَنٕنی راٚو ترٛشہ، زَن تہِ چھٕمبی چھاٚری لٔج
گُنہِ تہِ قطرَس سکیٚل چھےٕ نہٕ دَرنےَ دِوان

بیقلاہ تاب توہمل مَنگان پاڑ دِس!
بیقرأری قَرارہ نہٕ کَرنے دِوان

گتھ نہٕ شِہلِس بۍِس مَنز بھٔرِتھ شورٕ چھے
کانٛہہ تہٕ اَسہٕ وُنی گتھا چھےَ نہٕ اَسِنےَ دِواں

حاجتھےٕ اَز نہٕ آہی شُرہن ماجہٕ ہنٛز
چھُکھ تھٔز رتیتھ زِ بون چھُکھنہٕ نَمنے دِوان

تالہِ کَنٛز ہِتھ تہٕ ما ناز باڑے یِوان
ووٕنی سہٕ ژٔلہِ ہے سَمے چھُسنہٕ ژَلنے دِوان

۱۸ اکتوبر ۲۰۰۳ء



# غزل

ترٛاو گٕہلِس گاشُک پیوَنٛد
باغ دِلہٕ کی پھوٕلنَے اَنٛد وَنٛد

ڈٟنٛج ساأرٕے ٹُکَل داوَن ہٕنٛز
واأنٛس ساأرٕے واوِ لٕنِس پابَنٛد

أسہٕ دژاەرٕش گَتھ عاٰلمٕچ گَتھ
بیٹرِ ترٛاأوِتھ تہٕ واو سَپد یا بَنٛد

کیا ساأ کھارَکھ ژٕ کاہوَچہٕ پٹھ
پرٛتھ سوٗنَس زَنتہٕ سَرتٕلی دَنٛد

آوِرو وُتھ ژٔے اوِر یورس پان
پان پَنہٕ نُے ژٕ پاٹنی پانٕس وَنٛد

تھٕکِنٕ لایَق، نہ ہیکہٕ وُنی اَنٛگ!
فَرضہٕ لوٗنٛچِن گَنٛڈِتھ اَزِکی فرزَنٛد

یُس تہِ شَرٛ یِہہ اوس گو سہٕ وبہہ کھٕبتھ
ووٗنی نہٕ سَر کاٹھہ نَے کاٹھہ سَر بَنٛد

بٔڈِ روٗزِتھ گوٗمُت تھامہِ زَن نازٕ
تارٕ ترِہے گرٛزان اوِر زَن سمبٛد

مئی ۲۰۰۴ء



# غزل

گُجمژ ننڈر چھَم توتہِ زَن باسان مےٚ اُچھَن پیٹھ
تھوٚ کمُت یہِ پُٹن پان چھُس ساراں بہِ پھیکین پیٹھ

لؤگن چھِ غاٗبی گَن توَے بوزان کوَگتھ گَتھِ مَنز
نَتہِ گےَ نہِ کرٛ کھےِ توتہِ زَن کھُٹی لؤکھ دوَسن پیٹھ

تِم رَنگ تہِ زَن وؤتلیہِ یَم باسان سبٹھاہ بُتھی پھِری
گنواس رَٹاں گَن تہِ ژَلاں زَن چھُ ٹینڈن پیٹھ

کوٚستام جَنگلی ذاتھ باگنی آیہِ شہَرن ووٚنی
اَسنگ لُسن اَز گَل چھُ شیناہ ٹینہِ پَشَن پیٹھ

دَے زانہِ بُرِتھ بانہٕ تامَتھ کیازِ وزاں پیتھ
باساں چھُ ژھر بر باڑٕ وَن ہُند زَن چھُ شَہَن پیٹھ

کوٚت گےٚ سو وُزِنۍ نازٕ وَنتَم ناگہٕ رادَن ہٕنز
گَتہِ وِگنہِ وَنوُن یارِ وَنَن ووٚنۍ چھُ زبوَن پیٹھ

۲۰ جوٗن ۲۰۰۴ء



# غزل

صُبحٕ سَتھ ووٚنۍ نہٕ پوشاں چھےَ مَنٛدٕبُن تامَتھ
گَژھان ووت روٗدٕ شانٛبن مَنٛز ژھبدُن تامَتھ

مُرِتھ مَرتَب چھُ میلان، گَرتہٕ مَرُناہ!
یَژھاں مَرُون تہٕ ما سأے چھےٚ مَرُن تامَتھ

سبٕھاہ مُشکِل گَرٕنۍ وَقتٕچ چھِ وبٕژھنَے
توَے ہیٚوتمُت تُرٛکوٕ کلہٕ پیٹھٕ ووٗرُن تامَتھ

خَبَر کوسہٕ اَڈرَن چھےَ خأر پاٹھَن مَنٛز
گَتھَن ہٕنٛز ناو أُلجہٕژ شاٹھٕ باساں آوٕلُن تامَتھ

خَتم گو لولہٕ باغَن لولہٕ مأچھُر تام
کَلَس پپٹھ گاسہٕ تاجاہ ہتھ چھُ باساں اَز گُیُن تامَتھ

مُدے گٔنڈی گٔنڈی تہٕ نظرَن بُتھی چھِ اَز راواں
وُچھِتھ یم خولہٕ خَط نازَو دُیاں کیاسأ دُیُن تامَتھ۔

۲۰ جولای ۲۰۰۴ء



# غزل

موٗٹھن گوٗمت لوٗلس چھُ از گل بالہٕ پٔلکی پأٹھی
پھیراں چھِ أڈدی أڈدی پانہٕ سےٚ زَن گرٕ ٹکہِ ژھلکی پأٹھی

أستھ، نہَ آسُن باسہٕ ناوُن، کأنسہِ کأنسہِ توٗگ
پھٔڑ پھٔڑ چھِ نیراں ءکتی مگَر ہَرٕدِ کھلکی پأٹھی

ییٚلہِ ییٚلہِ تہِ ترٛاواں پرٕی أسکھ گوش أسی ووشلاں
یاوُن یِواں اوس وولسنَس ہَمپوشہِ ڈٕلکی پأٹھی

نوٚن اوس سورُوٕے وون مگَر زَن روٗٹھمُت ہیوٗ اوس
سوروٕے کھٔڑتھ ہیوٗ روٗد اَوٕ کنہ مَنہٕ کہِ مٕلکی پأٹھی

پھاہ دِیُت ہیٚلوٚ ییٚلہِ زَن توَے ـکنٔ پھٔلی تہِ زُواں آئے
نِکہٕ زَن چھُ روٗٹمُت تٔلی بٹِیس دیٚدِ مایہِ دوٕگلکی پاٗٹھی

یہِ چھُ نازٓ ژھوٕوُن ژوٗنگ لوٚگمُت واوٕ گلبن زَن
رٔنٛبی آرٕ وَقتکی ٹاپہٕ واں چھِس آرٕ پَلکی پاٗٹھی
۱۶ اگست ۲۰۰۴ء



# غزل

گَراں چھُ ٹھُک تہٕ گُس بَرَس ووٚنۍ
بَرٕے نہٕ رۄٚ دمُت کانٛہہ گھَرَس ووٚنۍ

مےٚ وأنٛس آرَن جویَن پتَھٕے گے
سَنُن مےٚ پَرٕ دِلبَرَس آٚگرَس ووٚنۍ

اَگَر چھُ زُلفَن قُلف تہٕ مُژرِتھ
چھُ توَتہٕ بُچھوٚنۍ سورَپھ ہِرَس ووٚنۍ

اَلأنٛدی آچِھری پٔنٛس چھِ سأری
تھَواں چھِ وُہوٚنۍ شَہَر، تَرَس ووٚنۍ

ژٕے دژوے پَنہٕ نبن پُٕنن وٕنتھ کیاہ!
پَٔشر دَیَس پَتہٕ، پُٕنن پرَس ووٕنۍ

چھَ یاتہٕ ڈُنگلِس ڈُنگےٚ ژھوٹیمٕژ
چھَ یاتہٕ سَبزرَس کٲمی سَرس ووٕنۍ

زبوَو زَنَم دیُت زَنڈَن تہٕ زالَن
اَنْدَر ہِتھ دَنْدٕ وَزُن گھرَس ووٕنۍ

چھُ بونہِ شِہلِس تہِ شورٕ بُری بُری
ووتھاں چھَ تھَرٕ تھَر ذَرَس ذَرَس ووٕنۍ

تہٕ اَس کرٛکھ زبٕوُنےٚ گاٲمٕژ ناٲلی
ٹچھَر توَے نازَنس میٚچھرَس ووٕنۍ

# غزل

یَتھ سَمیَس مَنٛز یُس کانٛہہ زاو
باگہِ تُٔمِس آمٕژ کھُری ناو

تگیَے ننٛگلنٕ، ژَکھ ننٛگلاو
ویٚز چھےَ وَتھ یوسہٕ سوتہِ ووپراو

ژھایہِ ہٕلس چھے پرٛتھ کانٛہہ تھوتھ
گَتھ روٗز أتی تھےٕ، کوتھِ کھوٚت بھاو

پُٔہلی تھٔوی رٕژھرأوِتھ نیال
کھیٚول کھبتھ قسمَن کھورُن بھاو

رَنٛگربوٕ روٗنگ سورٕوٕے ٹیٚچہِ ہیٚور
اَصلٕکی رَنٛگ ژٕ تہِ ووٗنی مُٔشراو

کاپِری پَتھ کوٗرمُت دِوِدور
وَقتک وۄن تگِیے، وٗنی راو

کُس گھرٕ چھے گتھ رأچھ گرَکھ
وٗتھی وونیازَن، بَر ٹنگہٕ دڑاو

رَٹھتہٕ دَنٛدَس تَل زٕو تہٕ پگھ
شیٖشو ہیر تہٕ دأنٛتو کھڑاو

پَتہٕ پلنےٚ نرِ آکاشَس
پَدِ نےٚ ہنٛز وَتھ گوڑٕ سوٗمبراو

پٔشی پٔشی ینہٕ ووٗنی غَش گرٕھنےٚ
ژوٚیہِ پھُٹجَن ووٗنی گَنٛڈ مُڑراو

بَسٕنَس گرٕھ أہی لَسنٛچ
نازٕو لولچ لۓ للہٕ ناو

۱۲ جنوری ۲۰۰۵ء

# غزل

راوِنَے دِم چھُمنہٕ کیٚنٛہہ لَبہٕ وُنۍ دِمَے
مَن پڑٕی یُدوَے ۔ غزٕل رَٹبہٕ وُنۍ دِمَے

ہرنہٕ أچھ چھےَ، سورمہٕ لأگِتھ ہاوتَم
نَظرٕ تُل یوٗگن، یَمَن تُلہٕ وُنۍ دِمَے

سٕنٛدۍ جہِ گَتھ ساأ زألۍ چھی وَنتَم ژٔے دِنۍ
وُچھسَہ وونۍ ہیٛنٛدٕ وینٛد اَتھَو ژَلہٕ وُنۍ دِمَے

کیاہ چھوٗن لایَق ژٔے حُسنَس چھے، چھونۍ
کیٚنٛہہ اَگَر زانٛہہ کأڈی چھونۍ، چھونہٕ وُنۍ دِمَے

یاتہٕ سَمہِ ہے ناو تھَوِہے ناو کاثہہ
ناو تبُتھ ہیؤ ناو کاثہہ ہوُٕنی دِمےَ

توشہِ وُن روشُن ژےٚ بیٚیہِ بیٚیہِ پوٚشی نے
أتھی مُدَے گَنڈِہاَ ۔ مُدَے گَنڈِوُنی دِمےَ

حُسنہٕ سوٚ درَس شارِ سوٚتھی دی ہے یہِ نازؔ
آوِلُن عشقُک ہَناہ ہَمہے تہٕ تیٚلہِ ہمہٕ وُنی دِمےَ

۲۵ جنؤری ۲۰۰۵ء



# غزل

گَتہِ تامَتھ بۍیہِ کیاہ تام گو
دِلہِ دُبرایَو بۍیہِ تُج دَو

پرٛ ژٕ وَقتچہِ گَو گوژٕ مُژرُن
ووژٕ دَرِنُے کیاہ ژَمہِ رٕژھرَو

گَتھٕ زاںٔین لَتہٕ تَل تھَوٕ ہَن
دَنٛدٕ برِوُے مَنٛزٕ زیٹھان زبَو

لَوٕ ہَتنٕے پھوٚتی گاٹٕمتی ژھرٕی
وٕتھی وأنِس گَم اَنٛد شیرَو

وٗنِ وَتہِ أنِ سأراہ اُلجمڑ
وٗنِ دِی دی ووٗنِ کیاہ وٗنڑو

پَڑھِ ہِنٛز وَتہِ کھٗتی لَڑھِ اَنٛبار
وَڑھِ وأنٛجہِ ہِنٛز وَتھ شیرَو

ووسہِ دڑوسہِ مَنٛز گَتہِ روٗنہِ وَزُناہ
ہَنہِ ہَنہِ لوٗلیچ کھوٗن مُڑرَو

بڑژھوٗنِ بوٗچھِ کوچھِ مَنٛز رٗڈٗ رٗڈٗ
رٗنٛچٗل لوٗنٛچَن گَنٛڈ مُڑرَو

زَنٛڈٕ گنٛڈٕوے گَنٛجہِ نَرِ زَنٛگہِ زَن
نازَس پوٗت زَن ہیٛوت قدمو

۱۰ مارچ ۲۰۰۵ء



# غزل

ڈھائنڈی یٖیلہِ بۂ تیٖلہِ وَیہِ وُنی معانے
بَس تہٕ ہرِ وَسہٕ وُنی معانے

تُج تے بَس کھرَل گتھَن ہیٛز گتھ
اَوِ تہٕ پھُرس گرڈھ وُنی معانے

چائی اَتھِ تَبھ تہٕ زَبھ گروُنی
چھی بَدَل بیٖیِن بَروُنی معانے

روومُت پان بانَس نِش
رآوی متی، پانَس پڑھ وُنی معانے

تھوئبہِ تھوئبہِ کومب گرٕنی تڑیشے
رأسی گاۂمتی تڑلیش پھٹہٕ وُنی معانے

بور ہبتھ تور کِتھٕ واتگھ
دأیِراو پھیکی وَسہٕ وُنی معانے

باثدِ گو بَندس بَنٛدَس رَتھ
نٔی نیراں چھِ ژوٗرِ تھَوٕنی معانے

ناز وَنہِ زَن تہِ تازٕ وَنہِ کیاہ
زولہِ گراں چھِ کل گرٕوُنی معانے



# غزل

مَران مَران تہِ دوہے زُواں ـِکتھ گئی
ژھنبان ووجوٗد تہِ زَن دَپھ سُواں ـِکتھ گئی

رَنگَن ہنٛدی رَنگ تہِ زَن ووتلان بوڈاں
شوخ رَنگَن ہنٛز تیٚہہ تہِ مَند چھاں ـِکتھ گئی

گرٛھان پانَس تہِ پٔنٛنی بزانٛتی باضٕے
أنٛتھ روسی تبن تہِ ووٚنٛتھ راواں ـِکتھ گئی

بُتھن بُتھی لاَ ـِگتھ پکاں سأری چھی
پٔنٛنی بُتھی تہِ ژِہَن منٛز پرداں ـِکتھ گئی

یہِ ییٚلہِ گو سوچھ تُٔمۍ سُنٛد تیٚلہِ وَنتَم
چھُ نہَ آسُن دُب دُب بَرس گَراں کِتھٕ کُٔنۍ

یَمَن پَدٕبن رۄدۍ کُٔنڈۍ تہِ زَن گَرٕنۍ
مُٔنزلَن ہٕنٛز وأنٛس تہِ زیٹھاں کِتھٕ کُٔنۍ

دارِ بَر مُشرِتھ تہِ دَم گَرشھِے کم؟
شاہ ہوٗا نےٚ زَن شاہ ژھوکاں کِتھٕ کُٔنۍ

کانٛہہ تہِ آویزٕگی زاگہِ روزاں چھےَ
آسہِ سَپدُن نازٕ تیٚ سَپداں کِتھٕ کُٔنۍ



# غزل

گڑ وکھ تے والَکھ نبُگلَکھ کؤت
ژھتہِ چھےٍ گرشھنُےٍ تیوُنگلَکھ کؤت

نارَس نَرِ دِتھ کوّت واتگھ
بوڈ نُےٍ چھے ییّتہِ ووتلَکھ کؤت

کوتاہ کھوّٹ میّتہِ پانَس نِش
نَب وُنلووُتھ، وُنلَگھ کؤت

پانَس پڑژھی پڑژھی پڑژھنَے رؤد
تِمبلِتھ یؤتاہ تَمبلَگھ کؤت

سَرٖ گڑژھنیہِ سوںچِکی سَرحَد!
سوٚ دُرک باڈَو کئدلَکھ کوٗت

رَنگ یَم أسی تِم رأوی
ناَزو وَنتَم سوںژلَکھ کوٗت



# غزل

یہِ زَن خبَر چھُم، تہِ چھمنہٕ خبَرٕ ے
وَنُو نہٕ سأ اَتھ چھُ ووکھہٕ مَژٕرٕ ے

اَپُز چھُ اَلمن کھساں تہٕ پوٹھاں
پزَر رَچھاں روو زَن تہِ پزٕرٕ ے

گدأمی کھاوَن گدوم درِما
گنڈس تہِ روزیاسہٕ أسہٕ وَژھرٕ ے

سَپُد یہِ زَن گوٚژھنہٕ زانہہ تہِ بَسپدُن
سَپُد توَے بَکَز یہِ وُٹھ تہِ اَندرٕ ے

یہِ ترٛوو مَرگن گولاب پُشٛنتھ
بۄ کیاہ تھکبَے وَنتہٕ باغہٕ بَجرٕے

چھِ رأسی گأمژ وُزِنی تہِ ناگس
یہِ ترٛیشہِ ہُژ ماسہَ روزِ وُمبرٕے

ہلوٕ کھورَو یُستہِ ووت مٔنٛزلس
تٔمِس وُچھاں کُس اَلأنٛز گنگرٕے

گوٚبِس گوبُن نازٕ بۄزمُت اوس
لوٚتِس لگُن گوٚژھنہٕ یۄت لوٚژرے

۱۳ اَپریل ۲۰۰۵ء



# غزل

مَتہٕ پرٛژھی تَو رَتہٕ روٗنگ وَق کِتھٕ زاو
زٕبو ژھیٚنہِ ئلی زیٚو اَتھِ مو وَنہٕ ناو

گھَرِ چھےٚ زَن لَرِ لَرِ بے سوٗمراہ
ووٚپھرٲوِتھ سورُوٕے چھےٕ سوٚمراو

کرٛہنِس پٹھ کِتھٕ گَن سوٗزلن رَنگ
کرٛہنیارُک کرٛہنرَ گوڈٕ مَنساو

تَتھ لوٗلَس نیرِ نہٕ جورَے کانٛہہ
یَتھ لوٗلَس لولےٕ لَنٛجہِ لَنٛجہِ زاو

گَمہِ گَمہِ اَنْدِ پَزرُک نَب اوبرکھ
سِرِیَس گوڑِ پِٹھ پَزرُک پاَراو

اوئد پوَکھ زَن سورُوے بگریومُت
لَیہِ یتھ ووٚنی لَیہِ مَنْز لےَ لَلہِ ناو

چھَم یادا وٲری ساۓرِ روار
چَنْدِ چھَنہِ نےٚ اوس لولُک وَرتاو

تَتھ باغَس بَنْدِ بَنْدِ رَتھ ؤندی ؤندی
پرٛتھ اَنْدِ زَن وٚلھُتےٚ شِنیاہ زاو

پَنہِ نٔن مَنْز پَنہُ ناہ وَنہِ کرِہَن
کھوٚنہِ کھوٚنہِ مَنْز نازٕوٗ دَگ لَلہِ ناو

۲۸ اَپریل ۲۰۰۵ء



# غزل

شَبنٔمی وَتَن ہٕنز وَتھ تہٕ گَتھ باسان تیٛوٚنگلی آس
گَتھ آس بوٚرِدی بأری نیٛبری أندرِ مَنزِلی آس

سوٗے وَتھ تہٕ گَتھ بُتھِ آیہٕ یوٗسہٕ زَن ترٛاوٕمٕژ پَتھ آس
وَتھ آس مَخمَلی سَتھ شَجہ بیٛیہٕ گَتھ تہٕ شرٛوٕنلی آس

یٛیمہٕ وأنسہٕ سورُوٕے شوٗر اَتھَو بیٛیہٕ تہٕ گَتھَو سٕتؠ
اَسمأنی وُڈَو کوٚر تہٕ زَن دَپھ وَتھ سو ووٕکھلی آس

لَتھ آیہٕ کوٚبَس کارگَر اَدِ ییٛلہٕ تہٕ وُنتھ کیٛنٛہہ
أچھ آسہٕ رَلِنَے دزٕہہ ڈٕبگَس بیٛیہٕ نَس تہٕ نٔزلی آس

گوڈ ہبتھ ژٕ گَتھَن اَنڈ لَگِھ گَمہِ وأنٛسہِ، تہِ چھاپےَ!
وِیہہ لَد ژِہبن کوسہٕ کومب گَرَکھ ییٚلہِ گَتھ تہِ وُنلےٕ اَس

پھٕہر یوکھ کوتاہ نآزٕ وَن صُحرأوی وَتَن پپٹھ
چھُے مَرحبا دَپھ سورٕوُنی لےَ توتہِ غَزٕلی اَس

۲۰ جون ۲۰۰۵ء



# غزل

ییٚلہِ آسہِ سۆدُر روٗٹھمُت، تیٚلہِ کیا سہٕ سَرَن رأچھ
ییٚلہِ دارِ بَر آسَن نہٕ کُنی تیٚلہِ کیا سا گھرَن رأچھ

ییٚلہِ وَقتہٕ کٔمن زُلفَن گَرٛھاں شیٖرِتھ تہٕ پوٚرِتھ زَٹھ
ییٚلہِ باگہِ نَرَن خَر تہٕ گَرَکھ گَتھ ژٕ نَرَن رأچھ

لَلہٕ نأوی یِمےٚ ووٚنی تہٕ تِمےٚ زَن سَپدی بُتھی پھِری
پرٛتھ مالہِ پھٔلی رأوی ووٚنی گَتھ موٚختہٕ لَرَن رأچھ

سُے زانہِ تَنہِ پیٚٹھ تاپہٕ توٚنگل یَس پھوٚاں لَلہٕ وُنی
گُس واتہِ نَبَس یُس کُری پَتہٕ روٗدٕ اوبَرَن رأچھ

پڑتھ شایہِ ودَن وان تیُتھ اَسہٕ وُنی تہِ گتِھن ژاے
ؤہمَل وَرَل وَقتَس اَنٛدَر ووٚنی گَتھ سہَ گرَن رأچھ

اَدِ اَز تہٕ، بَسَن وأنی سبٕڈاہ، گَم چھِ لَسَن وأنی
پٔتیٚ آیہِ سأری گَتھ کرَن ووٚنی خأروشَرَن رأچھ

ظوٗنہٕ چھانہِ مَنٛز احساس ووجوٗدُک تہِ گوٚمُت رأسۍ
آویزٕ آدَم نازٕ گأمتیٚ گَتھ سہَ گرَن رأچھ

۱۴ جولائی ۲۰۰۵ء



# غزل

وَنُن اوسُم یہِ زَن وَنہٕ نۓ تہِ ووٚنمَے
پَرُن ہَرگاہ تگی گنہِ پٹھ مےٚ کھوٚنمَے

گوٚنیٕمتی شاہرَگن تامَتھ چھِ زَن شاہ
مےٚ کیا سہَ لوسہٕ وُن تام لول بوٚرمَے

ژےٚ چھے اَز باغ پھوٚلمُت بیٚیہِ تہِ پھوٚلِنۓ
ژےٚ ما چھے پےَ یہِ گوڈٕ کِتھٕ میٚۓ سَگُومَے

پَکاں اَز چھُکھ ڈٕکاں اَز چھُکھ ژٕ یوٚتاہ
اَتھَس گوڈٕ تھَپھ مےٚ کٔرمَے قَدمہٕ قَدمَے

حُسن چھے چون بَخشاں سوٗزلَن رَنگ
سہٕ گو رَنگہٕ آءگرَے یِیلہِ گوڈ مےٚ بوٚرمَے

ژٕ چھُکھ موضتار اَز سوٗدرَن سَرن ہُنٛد
مگَر گوڈنٕبک سہٕ کھوژَن غوطہٕ مےٚ دِیتمَے

چھکاں اَز چھُکھ گتھَن ہُنٛد موٗجتہٕ اَنٛد وَنٛد
سہٕ گو یِیلہِ زَن گتھَن ہُنٛد آنٛپہٕ دیتمَے

پٕتم سورۄٚے پوٚاں بژوٚنہہ کُن پٹو یاد
وونُے نازَن یہِ گرِ گرِ اَز تہِ وونمنَے



# مُسلسل غزِل

قلمہِ زبون بدلےِ گُفتار
شارِ شہرَ زَن نارو نار
تارَن گری چھ، تارَن واٗلی
اَتھ بنٛدِنےِ ہُنٛد گتھ وونٛژار
لاٗلنٛز للہِ وِنی گُس گرِ گُس
بالہِ پلَن سَمہِ گر اُدٕریار
پَنہٕ نوٚ سَرٛگو ہاٗوِم تھَر
وۄپر وَتَن پیٹھ آم نہٕ وار
بُرِتی شہَر تام باسان ژھُری
لۄکھ چھِ باساں زَن بِسیار
گوشَس گوشَس تھَو ساۓ ہوش
پوشہِ گتھَن ہُنٛد کُنٛڈی دَربار
نیٚر سَرن کوٚت گوَ سَر پوش

پوشہِ مڑگ باساں بیمار

ناگہٕ ببٕبَن زَن زاءمژ رَب

آرَن روٹہٕ گاٗءمژ رَفتار

ووٗنی نہٕ شُربن ہٕنڈی تَم کھوکھہٕ مُتیٗ

ووٗنی چھِ شُربن ہٕنڈی رَتہٕ پھَموار

اَسنَس تام کھوژُن پَشیان

وَدنَن لوٚب ویوٚکھٕٹےٚ ووٗنژار

گاشہِ دُبُل گَٹہِ مَنٛز باسان

پَگوٗنہِ لاشہِ چھِ زَن لاچار

نَظرَن ہُنٛد گُفتار چھُ کوٚل

پرٛتھ موڈَس پیٹھ ہوٚل دَربار

نوٚن چُھنہٕ کُنہِ زَن پرٛونٕے وون

چھوٚن ووٗنی ناٗزٕ یٕیتیٚک وِہوٕہار

16/8/2005

---

نوٹ: مُسلسَل غزل پیٚیہِ تھَنہٕ سرٕینگر گرٛہتھ زٕ ساس پانٛژ عیسوی یَس مَنٛز۔ یہِ باسیوٚ تمٕنٛک رادِعمل چھ یہِ غزل۔ ناٗز

# غزل

کوچہِ پھِرٕن ہُنٛد لوٚنٛچَل عالَم
بوشاہ کھَسہِ اِبہامَس تام

ہوشَن ہٕنٛدی یَم لَسہٕ وُنؠ ژِہ
وَسہٕ وُنہِ ہِرِیُک چھُے اَنٛدام

پوٚشِچ پوشَس گَنہٕ پھِسرا‌ے
واوَن لولہِ لَلہٕ ناوِٕ‌ے تام

وَنہٕ گُس گَرِٕ، وُچھنَے، وُچھمُت
سَنہٕ نَے گُس سَنہِ سَنہٕ نَس تام

گَلہِ ہُنڈ پارُد لولہِ لَلہِٕ وُن
زا شُر لَلہِٕ وُن صُب تے شام

سوگہِ مولہِ دڑوگہِ مولہِٕ بَنہِ سورُوِٕے
یُس گو پھیوٗرا پوٓت اَز تام

وائُسَن پڑاریوس ہَمہِ طوٗفان
سَمہِ شاہ سوٓدرَس یِی آرام

پرِدَس تَل لوٓگ زَخمَن پھیش
اَنگ کھَسنےَ زُو زَخمَن ژام

لَرِ لَرِ زَن ہُر نأرِس زوٗ
گرِ گرِ دَنڈِٕ وَزنُک سَر سام

ژھوپہِ ہُنڈ سوٓتھ نازٓس وولبوٕ
بوُلَن تام تہِ یوٓت یوٓت آم

# غزل

گَتھ نہٕ شوقس گرِتھ ژٕے گَتھ اَز تام
گٔمی نہٕ شوقَن تھوٚوُکھ ژٕ ماتَجھ اَز تام

دوہہ گرِشھاں چھِ کوہہ نگھَو ساران
شَبَو کیاہ وُچھ کوٚرُس یَمَو تہِ پَتھ اَز تام

گَمَو کَنَو بوزَکھ ژٕ پوشَن ہٕنٛدی ووش
یَمَو پوشَو نکھَو ساری پَرٕبَتھ اَز تام

وَتَن ہٕنٛز گَتھ تہٕ زَن راٰو مُتھی مُتھی
آوٕلنٛی رٕٹمٕژ چھِ پرٕتھ کانٛہہ گَتھ اَز تام

اورٕ یورٕ کی اَگر مگَر بۄزِتھ
ءکرٕ پوٹھییہِ ہلِہ حوجَتھ اَز تام

بَختہٕ بۆڈ تہٕ بہےَ کۆت تام تَختَس
آیہِ گَس یَڑ یۄت کھبتھ چبتھ اَز تام

یوسہٕ تہٕ سوگتھ اُس ۔ گرے یہِ نازٓن
پرٛتھ سو گتھ سَپز ژٕمی ءنٛز کو گتھ اَز تام

1/11/2005



# غزل

پَنِڻ یَم عاَب چھی پَردَس تَلۓ تھَو
ٹُلگَھ یِنۂ کڑول زَخمَن ئلو بڑی شڑو

اَگَر موٴلوَکھ تۓ کیٚنھ مولٔہ لُۓ ژٔ مولناو
پرنبر ظونۂ چھانۂ چھاٴنتھ وارٔ پڑنرَو

پڑژھَو سِریَس اَگَر زٓن زوٗنۂ ہُنڈ پےَ
پیوِان لوُسَن تُٔمِس پاَٴس ژھُنان دَو

پیوِان موچھِ مَنڑ رَٹنڑ ژھوکہٴ وُنٔ چھِ یَم شاہ
وُچھَو ہنڈٔ وہنڈ تۓ سٔنڈِ جے زالِہ سوٚمبرَو

پرٛژھو زَن ٹاہِرس پیٚتہِ ٹاہِرِ چ گَتھ
سہٕ گو تیٚلہِ زاہ ژُراہ للہٕ وُن، تہٕ للہٕ وَو

ژُلُن کیاہ تَس دَپو یُس آسہِ ژٕلہٕ وُن
نہٕ بَلہِ وُن آسہِ تَس ہِکھ دود بُلہٕ رَو

چھنان تیٚلہِ موٚختہٕ مالے ییٚلہِ ژھنٛبان پَن
وون یُس پھوٚل میلہِ موٚختٕک سہٕ تہِ سوٚمبرَو

لگُن اونٛد بوٚر چھُ وُتھی وأنِس تہِ مُشکِل
یمَو أدربو ہَربو کُس دان ہِنٛدرَو

پرٛژَن ہنٛدی گنٛڈ مُژراوان تھوٚکھ ناز
ڈوکیومٔنٹ پان وونی گَتھ ہتی ڈٕکھرَو

13/11/2005

# غزل

پَدٕن سانٛن خَبَر گَتہٕ کَنٛہ پۆتھُر روو
تھَکُن لایَق تھَزَر یُس اوس، ژھۆٹروو

مُشِتھ گے باژ گرٛاگن روژٕ وُنی رَنگ
نَہ پھولنَے پوش پَژھِ ہُنٛد زَنتہٕ پُژنوو

چھمبَن چھارَن سَمَن بَل راسی زَن گے
تھَکُن سورُوے ہبرٕن لایَق سَپدیوو

وُٹھ دۆل زَن تہٕ ووندٕ وُشنیر از گل
گَنٛدن ہُنٛد میوٕٹھ مَچَھر یِوٕت ٹیٹھٕ روو

ژُشوَ ستیٚ دٕچھِ وُشناوِنۍ ہَساَ گوٚ
وٕشوَ ستیٚ پاَنۍ پانَس زَن تہِ پَشہِ نوو

یہِ گوَ وبٕھنُن وَتَن ہُنٛد وۄن گَتھَو ستیٚ
پَدٕ ستیٚن اَگَر زَن سوٚنٛچ رٕنٛزِنوو

چھُ اَز گَل زا شُربن تَتہٕ وونۍ پتٕرُن
پھوان یَس بَتہٕ نبٛدِر، مَرِ نیٚنٛدرِ وُزنوو

سبٔھاہ کیٚنٛہہ پاَنۍ پانَس نِش کھٔٹُن پھو
سبٔھاہ وُہوُن تہِ ناَزَن تیوٚت نبٛگلوو

20/11/2005



# غزل

وَگمہِ تاۓچ گتھ گرِ یےٖتہِ یارو
یےٖتہِ زَن چھم تانَس تانَس دَگ

بوتلہِ زَن سورُۓ دَگہِ ژوٹُمت
بَنٛدِ بَنٛدِ زَن چھےَ اَسمانَس دَگ

گپٹَن گے یےٖتہِ لوکٹَن تامَتھ
دوٗدِ ہرٛڑرَن اَسہِ وٗڈرَن ئر

رَتھِ چھیٖپہِ ییٖلہِ ناۓکی پاۓلکی لگۍ
وٗژھ أنٛدری پَتہِ شُمشانَس دَگ

تَپہِ ریٖشی تامَتھ اَڈِ زَپہِ وٗتھی وٗتھی
زَپہِ مالَن زَن پھلی ژھاران

ژھوپہِ ہِنزِ سُمرَن، گوپھِ غارَن ہِنزِ
وبتران وبکھرٕ ے پانٔس دَگ

کباہ گو ہَتھِ گو سأنس باغس
لَلہٕ تزاگس تام سوربو پونی

بُتھی پھری پوشن گوّنٔد ییٚلہِ ییٚلہِ کوٚر
تیٚلہِ تیٚلہِ وٕژھ گُل دانٔس دَگ

دَرِ اُلجمٕژ سَتھ، بَر گَرِ اُلجمٕژ
اَر کھرِ لوّگ رایشمی پلگہَس

پرٛژھہِ گأرا گرٛژھے، گرٛژھ ہَتھِ گن
چھا ییٚتہِ گُنہِ پُرسانٔس دَگ

پَرٛژھہِ ہِنٛدی پٕدی تیٚونگلَن گے لأرِتھ
ہأرِتھ گو نظرَن ہُنٛد وون

سوکھِ سوٗتھی دوکھِ ملروَنی ڈُوی ڈُوی
ژھایہِ ہِلس نَنہِ وانَس دَگ

سوٗمبرِتھ سورُوٗے چھکرِنہٕ آمُت
سوٗمبرُن سورُوٗے سَکھ دُشوار

ژھوکہِ وُنی شاہ ہیٚتھ ڈکربن کُس کھَسہِ
کھور پیٚٹھہِ آیِستانَس دَگ

پرٛتھ اَندٕ زَن اُنٛجمٕژ لوٗلَس لَتھ
سَتھ اَسمان نازَس پیٚٹھی پیمتی

گَتھ گَتھ گرِ ژیٚتھ زَن راواں چھَس
نہَ چھِ شَمعس نٔے پَروانَس دَگ

12/12/2005



# غزل

وُنی وُنی سَپدِ بو شام ہَسہَ
تام مہَ وَن کیٚنٛہہ

وُنی وُنی پھرِ ک ییٚتہِ جام ہَسہَ
تام مہَ وَن کیٚنٛہہ

جَرِ تارگو ییٚلہِ چھٕنہِ نَبَس
زوٗنہِ اَسُن ہیٚوت

یوٚت آو ییٚلہِ گُلفام ہَسہَ
تام مہَ وَن کیٚنٛہہ

ییٚلہِ ییٚلہِ تہِ سوٚدُر آوِ لِنوٕ
واوِ لِنوٕ وول

مَنٛدِنس تہِ سَپدِ بو شام ہَسہَ
تام مہَ وَن کیٚنہہ

موچھِ مَنٛز رَچییَم شاہ تۭہ
آچھِرۍ آشہِ رٕٹم کھور

ییٚلہِ لول برٕبکہ آم ہَسہٕ
تام مہٕ وَن کیٚنٛہہ

ییٚتہِ گسنہٕ گَنٛڈل داوِ گَرٛھان
وَنتہٕ زَنٛڈَو بُزۍ

پرٛتھ أنٛکوَنہ ییٚتہِ خام ہَسہٕ
تام مہٕ وَن کیٚنٛہہ

ٕکرٛوَ لَنٛجو مَنٛز اَکھ لِنٛڈا
تِہرِچ چھِ رَٹان وَتھ

تِہرِس کھسان گَرٛھِ شام ہَسہٕ
تام مہٕ وَن کیٚنٛہہ

سَمیٚک شَہَر لَسہٕ نوو یا بَسہٕ نوو
تہِ زَن یؤت

دَپھ توتہِ سکھ بے رام ہَسہَ
تام مہَ وَن کیںْہہ

گَمہِ آیہِ سوںْچن لوںْچہِ گَنڈَو
ناژ وَنگھ نا

ژھانڈان چھِ سوںْچن کرژام ہَسہَ
تام مہَ وَن کیںْہہ

07/07/2006



# غزل

اوس مارُن مَگَر مور ما سأ مے مَن
مُر چھُ دارُن پبوان أنٹھ روسی تبن غَمَن

ہیتہٕ گر میأنی کل، رہتھ پھُٹراوِ ما
چھِمنہٕ چھوران کوّت کوّت چھِ لِتھوَن لَمَن

میچھرَس تام واتُن چھُ ننبٚگلَن ٹیچھَر
کورِ ٹاکہن نتِے پوٚنی کوتاہ شمَن

گتھ وَنو أسی سَمُت، کُس سأ سَمبار گو
پوٚز وَنُن چھا سمَن، پوٚز وَنو زَن گمَن؟

مَنز اَتھَس کُچھ اَنان چھی تگَن گَرِ پیتکِ
پیٚتہٕ کھمُن اوس گُرِس، دَپھ گُنےٚ چھےٚ کھمَن

ءکتۍ منٛزِل ژُٹتھ، ءکتۍ منٛزِل زبوان
پگنہٕ روٚستے خبَر کیازِ وَچھ یتھ کھمَن

گاشلِس گاش وَنِد، آشہِ سَپدی دَربر
زا شُراہ باشہِ کَرون بہٕ زَن کھونہِ ہمَن

بالہٕ یارَس بہٕ زَن ڈالی نمہٕ، کیاہ نمَس
زوٗ تہِ وَنِدِ ہے تمِس ناز چھُس ما ژمَن

12/04/2006



# غزل

نوزُک تَنہِ پیٚ تاپہٕ تھوٝنگل
پَتہٕ دوران زَن گاو ٹھولَل

گُنہِ چھنہٕ نوٚن شرٛیہہ یا أدِریار
گدرُن زاگہِ بہِتھ موگَل

سوٚت سوٚت رئِڈٕ زَن مُتیٕ آبَن
پئُتیٕ زَن آہِش پرٛتھ کاٛہہ کل

اوسُکھ ما تَتہِ سوتھِ روزان
پَزرَس ینہٕ دِکھ ناہوَن گَل

پھوٚر گوٚے وٗتھی وٗتھی دور تھو پان
وَرقس ترِ ترُ روزی ربل

سونچ سَتھ تھَو موتَس برٛونٛہہ
تھٕج ڈوٗرِس بَر بُگٕہ یِی تھَل

ژونگ ژٕ سُرٕ ہُنٛد تھَو زاَلتھ
پَتہٕ کیاہ گو وَکھ چھے واوَل

نازَس نظرَن تَل سورُوٕے
باسان چھُس وُنہِ چھُس اَن زَل

12/06/2006



# غزل

نٮ۪برٕ باسیہِ گَس اَز تام أنٛدرٕ گرٛز
سَرُن گَس توٚگ، تٔگی ہَرگاہ تیٚلی سَرٕ

خَبَر گَمہِ پانٛ پھیٚرِ چٕ أسے گُمٛژ ہانٛژھ
ووٚں ما پچھے چارٕ اَتھ، ووٚنٛ سُٕے وتھَو بَزٕ

یَمَن سونٛچَن چھِ زیٹھاں لونٛچہِ گَتہِ کوٚر
چھُ کھالےٕ کانٛہہ، خیالَن یُس گَری رَز

اَنٛدَو سأری چھِ لُگی مٔتۍ دَنٛدٕ وَزنَس
اَتھی ما کأنٛسہِ آمُت شورِ مَرگَز

وَجوٗ دُک یُس تہِ اَنگ سُے زَن چھُ بُتھی پھیرُ
چھِ ساأری مینہٕ توٗلکی زَن پھُٹِتھ گز

پَگاہ لوٚت سَپدِ ییٚتہِ وولہٕ بور وَقتُک
گَرَے کیاہ یَتھ گوٚبس بورَس مےٚ وَن اَز

پَدبن ہٕنز ماے پُتھرِس ءتٕ تھاوَکھ
گُرِتھ کیاہ ساأ ہسبٕکھ تیٚلہِ تارگن رَز

ژٕےٚ چھوران چُھے نہٕ نازوٗ نار حَسدُک
اَگر دَزنُے ژٕےٚ چھُے، دَز لولہٕ نارَے دَز

23/06/2006



# غزل

کیاہ کیاہ گُن یئیتہٕ وَقتیٔ وأنٔ
دیٔلیٔ گَنڈنوٗ، دَپھ پھُٹجٕ چھِ پرأنٔ

گیٔلہِ گیٔلہِ والِکھ کأتباہ ڈوٗنٔ
ہیٔور کھَس لَنجہِ لَنجہِ اَکھ اَکھ چھأنٔ

پھُرٔی دُب چھا کِنہٕ بَرٕ دُب دُب
کیاہ گَرڑھِ گَر گَرڑھِ پیَٔ چھَنہٕ دأنٔ

اَکہِ برڑنزِ کأتیاہ رَتہٕ چھَپہِ لگُٔو
اَڈ ژڈٔ اَنگ ییٔلہِ کھُتٔی اَسمأنٔ

پھُٹَن ییلہِ گَنڈ مُشڑنی ہیتی
خابَن چھلۂ گے وَتھ گےَ کائی

شُری شوقَن ہُنڈ مُ بُری تو
نَتۂ گلہِ وَنڈۂ سۂ مَنز شِنۂ مائی

وَقتچۂ کانگرِ پھیُر گَر نَس
اَتھۂ اوس میون تۂ ژالَن چائی

پرٛتھ کاہنہ شاہ زَن ؤہمَو وول
سورُے گُتی گُتی نیٔو پُیہِ وائی

پھیُر دِیُن پٹی مِس سُری سیتھاہ
نازَن وٹھِ پَرِنی دِژ چھائی

26/06/2006

# غزل

پَگاہ کیاہ سَپدِ، بوزَو
پُنُن کانٛہہ پَردِ، بوزَو

یِنٛمبر زَلہِ گیلہِ اَز کانٛہہ
پَگاہ سُتہِ زَردِ، بوزَو

نبرَ کَمہِ رِکھ گَرٛکھ کھور
رِکھا رِکھِ ووپدِ، بوزَو

نہَ دوٗ جی نےَ چھَ ناہوَن
چھُ لیکھِتھ فردِ، بوزَو

رَزَن چھا دار نیران
یَمَن ووٕنۍ وَر دِ ، بوزَو

ہیکیاہ بُتھۍ ناز ٔزرِتھ
چھِ تَل یَم گَردِ، بوزَو

15/10/2006



# غزل

نَہ مَرِنچ وَتھ، نَہ زۄنچ سَتھ
زُوَے وَنَتم تہٕ زُو ووٕنی گَتھ

یہِ کِرٛھ گے أنٛدی پۄکھِس پرٛ کرٛتھ
زُوَے وَنَتم تہٕ زُو ووٕنی گَتھ

گَتھَن گَتہِ اوس، ووٕنی آسکھ
نَہ راژِے کانٛہہ نَہ ہوٗرٛے کانٛہہ

ڈٕبکَس لیکھِتھ چھَ گَس فِطرَتھ
زُوَے وَنَتم تہٕ زُو ووٕنی گَتھ

لَگان باضےَ چھِ رٕج لۄگَن
چھَ آسان زَنتہٕ گٔج ہِنٛدٕرٕنی

ہَراں کأتباہ چھِ قد و قامَتھ
زُوَے وَنتَم تہٕ زٕو وۄنی گَتھ

چھُ گَتھ رَختَس بَخت ٹھیٖکھِتھ
یِواں ترٛوپہِ تلہٕ پَتو نیٖرِتھ

رُنوٕ یُس زَن دَریا روپھ تتَھ
زُوَے وَنتَم تہٕ زٕو وۄنی گَتھ

لَگان گَنٛجہِ وَقتہٕ چھِنہٕ ژَنٛجِبن
یوتامَتھ گوَجہِ دَم ساداں

گَنْجبن لَتۂ موٚنڈ گڑھاں پَتۂ وَتھ
زُوَے وَنَتم تۂ زُوٖ ووڼی گَتھ

گَڑِنی تگو نو کتۂ یَس نوٗنَن
سَنان سُے چھے گَتھَن کوٗنَن

یِہ نازَو گَتھ ییٚتۂ پَتۂ وَتھ
زُوَے وَنَتم تۂ زُوٖ ووڼی گَتھ

08/11/2006



# غزل

گَتہِ گَتہِ چھُنہٕ ییٚتہِ ووٕنی ووٕ پریر
پانیارٕچ زَن پھُٹٕرِش ہیر

بڑٛانڈَس پیٹھ ووٕتُھ پڑٛاران
نالہٕ مُتِس ووٕنی جَل جَل نیر

ئڈی تھَو پُتھرِس ءستی سوِتھ
ووٕٹہٕ ٹُلو ٹُلو پَتہٕ لأنٛچن نیر

صُبحُک شامُک سِریےَ جان
زوٗنہٕ گاشَن گَس دبُت وُشنیر

تٲمۍ لوٗگُس مَرٕثھِ ماز کھنَبس
وَسوٗنہِ پانہِ دَریا کانٛہہ بیر

مُتجَن کھیا وَکھ رۄزِم آپٕنھ
یِی چھے تی ووٚنۍ تھاکَس شیر

نازَن یِیٚتہِ ٲنہِ راٰوی نیب
توتہِ سۆکۄلُک صُبحُک پریہ

08/11/2006



# غزل

اوبٕر لَنگَس دِمہٕ گُس آکار
پاٲرِ دی سوٗنچُک ہیوٗ سَمسار

بوزَو گَر ژھوکہِ نَظرَن توٗژھ
وُنہِ چھُم توٚت تام وَنہٕ نَس وار

کِتھٕ ژھانڈَ کھ چَشمَن ہُنٛد شرٛیہہ
پےَ چھا بیٚہِ مَنٛز گَس گُس نار

مُشکنٕ اَدفَر ہیٚتھ یِی واو
واش گَرٕی زُلفَن ییٚلہِ پرٛار

اَز تہِ چھُ سَمۍک گرٛٹہٕ پھیران
گرٛٹہٕ ووٚلۍ دَپھ بے اعتبار

یم ژکتھ کھسِل پھٕلی ناز ڈلَس
وونٛ چھُ یمَن اَنگہٕ اَنگہٕ اُدریار

03/01/2007





لَگانہٕ تار چھنہٕ یَتھ سوٚنچہِ سوٚدرَس
سبدانہٕ بُتھ نَسہٕ یَتھ ووٚنہٕ مُزرَس
ژووٚاپٲرۍ تھاُوۍ زٲلرٕو زال ووٚنتھ
سبزٕر چھیٚپہِ لوٚگ دوہَے پیٚتہِ کیا سہٕ ہجَرس



شِنٛکَنجَس مَنٛز لوٚگُس دوہہ لوٚہوٗن ووٚنۍ
نَہٕ چھَم کانٛہہ سامٕرتھ نَے پوٚشوٗن ووٚنۍ
بہٕ چھُس پیٚراں مےٚ کاگُن ہاپُتاہ گو
بہٕ چھُس گھرٕ سےٚ اَنٛدٕر زَن ڈوٚلوٗن ووٚنۍ



وُچھاں سورُوےٚ تھَواں چھُس سارِۍ وون
مگَر چھُم توتہِ باساں چھُس بہٕ زَن اوٗن
بہِ رِکشہ ہِش ماے باساں لایہِ لایاہ
شِٹھیوُمُت ہیوٚ بہٕ اَنٛد گُن چھُس کُنۍ زوٗن



وَنُن لایَق سبڑھاہ وَنتَم بۓ وَنۓ گَس
بۓ دَسگاہ چھُس گوٚمُت کوتاہ بۓ بے بَس
ہبڑِاں چھُس پآٔنی پانَس چھُم وَداں دِل
لوگُس زَن ہأنۣزِ شاہمَتھ پھٔرمےٚ پانَس



ئُمِس فُرصَتھ ئُمِس حاجَتھ چھُ میونۓ
وَناں سآری مےٚ چھِم سوروُۓ چھُ چونۓ
سبڑھاہ آساں فَرق وَنۓ نَس تۓ گَرنَس
مےٚ وَرِ ہوٚل آسِہے نَے گَرمۓ لونۓ



چھُ میأنی پاپۓ پرٛتھ کانٛہہ گَرنۓ آمُت
دِلَن منٛز زَن زَہَر ہیوٚ بَرنۓ آمُت
أنٛدری أنٛدری پیٚوٚمُت زہتۓ زِنٛدگی زَن
یِہ کنُتھ سَبقاہ کَنَس تَل پَرنۓ آمُت



ژٚے کیاہ گوٚڑے پانہٕ گَمہِ گَمہِ وانہٕ پھیوٗرُکھ
ہیٚوتۄُتھ کوتاہ ہٕکناں کوتاہ ژٕ روٗدُکھ
کوٚرُتھ ہیٚون دیوٚن پوٚتُس روٗدُکھ ژٕ خاٗلی
مَرُن زیوٚن کیاہ گَری گَرتاں ژٕ موٗدُکھ



مےٚ چھُنہٕ وَنہٕ نٕے تَگاں کیاہ چھُم مےٚ گومُت
بہٕ چھُس ووٗنی سارِنٕے نِش دوٗر پیوٚمُت
دَپان سآری بہٕ وولیومُت سبٕٹھاہ چھُس
تِہنٛدی کِنٛز چھُس سبٕٹھاہ ووٗنی زَن ٹیٚٹھیومُت



قدَم ووتھَن وَتَن چھُنہٕ کانٛہہ تہِ سبٕزراہ
مےٚ پیٚٹھ کانٛہہ ترٛاوِہے اَکھ لولہٕ نَظراہ
یہِ کِہُتھ ٹبٕھوٕن بوٚرُکھ پرٛتھ طَرفہٕ لولَس
پَنُن اَسِتھ ووپَر باساں یہِ شَہراہ



دِواں چھُس ؤئ بہٖ پاٗنَس کیاہ بہٖ چھُسہٖ بۆ ے؟
مےٚ گاٗمژ پَننہٖ پاٗنچ چھَم سبٹھاہ دُ ے
گومُت دَم سارِ نےٚ بہٖ تہٖ گوس دَم پھُٹ
تیٚیمی ؤٹ أتھ چھُ بَس بَختاوار سُے



ہَتَو نظرَ ؤ بَدَل ترٛاوَکھ نَظَر اَکھ
اُسنگِستانَس اَنْدَر باسم شُجَر اَکھ
ہَجَر کاسَکھ بَجَر چونےٚ چھُ بے شَکھ
مگَر ووپدُن مےٚ گۆژھ لولُک مَژر اَکھ



ژےٚ نِش وأتِتھ بہٖ پاٗنَس نِش تہٖ راواں
یہٖ کیاہ کۆرتھَم یہِ گَم رَنگ چھُکھ ژٕ ہاواں
مےٚ چاوُم مَس تِتھےٚ ترٛشناہ پھُٹم یُتھ
ژےٚ کیاہ سہُ گَم گژھی روزُم سہَ چاواں۔



بۂ چھس کھوژاں رَنگھنا سۂ دٕلِس تَل
گرٕاں سأری مےٚ کیاہ سۂ یێتہٕ چھہِ پرٕگل
مَنگ مَل چھم ژٕلیم اکہِ نَظرِ چانے
گوٚمُت سَکھ ژٕیرٕ چھم ووٕنی گرسۂ جَل جَل



مےٚ کیاہ سۂ دوہہ ڈٕلتھ واتم وٕنی شام
مےٚ روٗدِم تَن تہٕ مَن دوٕنوے سیٚٹھاہ خام
بۂ چھس مَنٛز مارگس مَنٛز چورتہٕ گوٚمُت
اَگر بخشتھ ژٕ رُت تیٚلہِ سَپدِ اَنجام



خبَر کتھ گن چھہِ زِنٛدٕ، نَتہٕ موٗدی گر تام
اَکھ اَکھ شاہ اَسہِ پٔنٛن باسان اِبہام
اَچھن ہُنٛد کانٛہہ طَمع اَسہِ گو نہٕ زانٛہہ کم
چھُ اَکھ اَکھ شاہ دِواں پرٛتھ کانٛسہِ آرام



دِتُن سورُوٕے مےٚ وَنتَم کیاہ مَنگَس ووٕنۍ
رَنگَن ہٕنٛدۍ رَنگ سَنوَ گَتھ رَنگَس ووٕنۍ
ہَنگَس ژامُت زوٕزُر دوہہ لوٕسوٗن چھُم
چھُ ووٗہوٗن نار سوریومُت گَنگَس ووٕنۍ



ووٕزُم ہیٚر ہیٚر مےٚ گو اَصلُک اَتھے زَن
چَنٛدٕکۍ باندَو گَراں روزاں گَتھَے زَن
وَتَن ہٕنٛدۍ وِہ گَراں نَظرَن دُژیُت ووٕنۍ
یہِ زَن رووٗم تَمیُک رٲدُم زبتَے زَن



پوٚژُس کوٗتاہ، پَکاں، کوٗتاہ پَکُن چھُم
وُچھُن کوٗتاہ، وُچھاں، کوٗتاہ وُچھُن چھُم
پُکِتھ پَکنَے وُچھِتھ وُچھنَے گَرژھاں وأنٛس
ژَھربوٕ اَتھوٕے مےٚ یَتھ سوٚدرَس تَرُن چھُم



مےٚ ڈٲلی اَز اِبتِدا یوٚت ییتھ پَنٕنۍ ہوش
مےٚ تھٲوی بییتہِ تال دِتھ گَم گَم پَنٕنۍ کوش
ہیٚوتُن واتُن سَفَر یییٚلہِ ووٗنۍ پُٕنُن اَنٛد
گَرَس وٕنتی مےٚ بَخشِم بیٚیہِ تھَوبم گوش



پٮ۪واں یییٚلہِ چھِم ژٕتَس رَنٛبہٕ وُنۍ شٕہلی ساتھ
أچھو کَنۍ چھُم وَساں ٹھَہٕرایہِ وٕہراتھ
گَرٕاں یییٚلہِ رَے ۔ لَگاں چھُم بَس اَکُے پَے
زِ پَتھ کالیٖک سَمے زَن اوس اَصٕل ذاتھ



وُچھاں کیاہ چھُکھ ژٕ أچھۍ پھِرۍ پھِرۍ دِواں ژٕتھ
وُٹھَن پیٹھ چھےٚ گَرشھان روٗزِتھ پَنٕنۍ گَتھ
سَمے بَدلیو ژٕ گَر اَتھواس اَتھ ییتۍ
ژٕ تھَو أنٛدرۍ گَرشھان ووٗنۍ چھےٚ ییمیُک مَتھ



کوڈُتھ گرُٹۂ پان، یِتھِ گن گَتہِ کَڈُن گو
مَرُن زِنڈۂ پانہِ گرُشھِ نَتۂ کیاہ مَرُن گو
لوگُھ گرُٹۂ سارِ، گرُٹۂ گَتہِ سہَ کوڈُتھ پان
سَنےَ، سَنۂ نَس لگَی ییلہِ، سُے سَنُن گو



گَرَڑکھ زَن ہیٚچہِ، گَرَڑکھ گَتھ گَتھ عذابَس
گَنڈَکھ گُلی وَنتۂ گَتھ گَتھ اَضطربَس
خَبَر گُمی کھاَر اَسوِنۍ واَنس وَدَنس
بَدَن زاَلِتھ تھوَکھ پرٕتھ گُنہِ ثوابَس



ووتھکھ تیٚلہِ ییٚلہِ گَرَکھ ووتھنگ ژٕ کانٛہہ سَنٛز
اَندَن پھیوٗرُکھ سبٹھاہ وونۍ اَژھتۂ سَہ مَنٛز
گرُشھی گرُنز پھیُر، اَگَر گُنزَرکھ ژٕ یِتۂ گرُشھ
ژٕ چھُکھ ڈولاں، نہَ چھُکھ انٛز تے نہَ چھُکھ مَنٛز



وَداں چھُم دِل مَگَر اَسوٗنہٕ تھَوِم أچھ
مےٚ پھُٹ نَم وأنٹھِسے یَتھ وأنسہِ تِچھ چھ
مےٚ بوٚر یوٚت یِتھ فَقَط یێتہٕ پوٗنی کرٕنجلِن
پَتَو لاگِن تِمےَ پَلزٕ یِیہٕ یِم رٕچھ



اَگَر چھُکھ ترٕک مہَ گَرٕھ وٕتھی وٕتھی ژٕ توٚہ پھوٚل
بوٚ رُد بأری تھَوَکھ سَپدٕکھ نہٕ زانٛہہ کوٚل
ہِوٗے روزَکھ ژٕ ییٚلہِ پرٕتھ موسَمَس مَنٛز
پھولَکھ اَدِ ہاشہِ پَتہٕ سَپدی نہٕ کانٛہہ ہیٚول



اَڈبو کھیٚنیہِ گاڈٕ بُزی بُزی ییٚتہٕ نَبَس ستی
روٹُکھ نَمرٕود ییٚلہِ پانَس وَچھَس ستی
اَہَنٛکارَن تِمَن وَتھ ڈأج اَصلِچ
پھُٹِکھ بُتھی رأوی پانٕے یَتھ رَوَس ستی



پَلَو چھُنۂِ کاثِہہ تہِ یَتھ تَنۂِ ووڑی یِواں راس
پَلَو گَم گَم وَلاں اَتھ آس یَنۂِ زاس
گوباں أزی چِبن تَتَن باسان پُڑ تام
پَلَو أزی چَن تَتَن زَن زَہرِ اِلماس



لَگاں گُس گُس چھُ یِیٚتہِ تھاوَکھ گسِٔڑ سَتھ
تَہتھَو پَرکل ہِبنےَ سأری پَنِٔڑ نبتھ
پَین ہِشدی پےَ پِبنےَ تھَنۂِ یِیٚلہِ پَیَگھ تِم
ژِ سَن پانَس تہِ وَن پانَس پَنِٔڑ گَتھ



گَنڈَل سَمِیَس ژِ کأتباہ گَنڈ تہِ مُشرَکھ
سبٹہاہ راواں چھُ یِیٚتہِ کۆتاہ تہِ سۆمبرَکھ!
رٔچھِتھ چَنڈٕ یَم ژٕے یِیٚتہِ، سأری چھِ ٹاہری
پکی تی ستیَ اَصلُک یِی ژِ رٔژھرِکھ



دوہے یِیتہٕ معانہٕ گرٛٹۍ گرٛٹۍ معانہٕ راوِم
دوہے بے وَقتہٕ باغکۍ پوش چھاوِم
دوہے پشیٖلِن وَتَن پٮ۪ٹھ لاتٕپہ ترٛاوِم
پھُٹم بُتھۍ شوق ماسہَ توتہٕ ترٛاوِم



یوٚژھم پانَس یہٕ زَن گتہٕ یوٚژھ جہانَس
مےٚ ہاوُن رٕکیٖت سبٹھاہ تھووُم تہٕ وانٛس
مےٚ ازلے أندرٕۍ ژۄرَن ڈٲجٕہ چھم
توَے چھم دَربدَر پھیرُن مےٚ پانَس



اُسُن کیاہ گو، تہٕ ووسہٕ یُن گتھ وَنُن چھم
دَپاں اوند پوٚکھ مےٚ کیاہ سہَ اَتھ سٔنُن چھم
وُچھُن چھے بَس ژےٚ أچھ پھِرۍ پھِرۍ وُچھُن چھے
مےٚ ووٚنۍ یِیتہٕ یور یِی پانَس وَنُن چھم



مےٚ زَن چھِم سوٗنچہِ ہیرَن پاؔوِی دوٗراں
مےٚ گُستام دود أنٛدری زَن چھُ کوٗراں
وَنُن تگِہِم اَگَر، گَرشِھا نہٕ زانٛہہ کوٚل
بَنُن گُدرُن چھُ تیُتھ یُتھ گُلۍ چھِ موٗراں



یُسےٚ وُپھہَن تِمِس أُچھِٕ چھِ کھٲرَن
یُسے وُپھہَن مَنٛگاں چھُے ژوٗنٛٹھۍ ژیرَن
دَواں سأری ژٕپِس یَس زَن وَنَو کینٛہہ
سَمےَ بُتھۍ پھیُر گومُت چھِس وُلٹہٕ کیرَن



گَرشھاں دوہہ راتھ یار فتأرِیَن مَنٛز
پَشاں پَردہٕ ن، سَناں غَم خأرِیَن مَنٛز
پَنِنۍ پیٚمتۍ چھِ پَتھ کُن تَتھ سَناں چھا
گَرڈاں دوہہ دوہہ چھِ تَم لاچأرِیَن مَنٛز



گَتھَن لۆگمُت قُلُف چھے کانٛہہ گَتھاہ گَر
وَچھَس گومُت چھُ وَٹھ ۔ دَم پھُٹٕ گائمتی شَر
مےٚ لایَق کانٛہہ گَتھاہ چھےَ نا ژےٚ باساں ؟
پرٕژھکھ پرٕأنِس، نۆوِس نیری تیٚلی تَر



دوہےَ آساں أنٛدری ہَر یا نیٚبری ہَر
دوہےَ روزاں سَمٕژارِکی بَنٛدٕ ے بَر
پُنُن اَنوبھَو چھُ زَن آویزٕ گومُت
گرٕژھاں باضے چھُ پانَس پٔٹھ تہِ زَرٕ زَر



دوہےَ سَکھراں وَنَس اَز، ووٚنی وَنَس اَز
یِواں برٕونٛہہ کُن گَراں زَن چھُم گَتھَن رَز
گرٕژھاں گلہِ زیوٕ خَبَر چھا کیازِ چھُم ووٚنی
دَزُن ییٚلہِ چھے، أنٛدٕری دَز یا نیٚبری دَز



زَءنم دِیُتنےَ دَیَن بَڑِ بُڑ چھَ نیامَتھ
زَءنم سَپدی سَپھَل سوءے بُڑ چھَ اَرزَتھ
یہِ اُوِجِ ڈالی چھےَ رِءژھرَکھ اَگر زَن
لَبَگھ موکھتی اَمَر سَپدِتھ بَنی گَتھ



پَرِژی تیٚلہِ کاںٔہہ پَژَرکھ گوڈِ ییٚلہِ ژِ پانَس
تَتاں تیٚلہِ بُٹھ پیوٚاں گوڈِ ییٚلہِ چھِ دانَس
گَرَکھ ییٚلہِ زان گوڈ نبتھ پَننہِ پانٕچ
ژِ روزَکھ پانہِ برٛونٛہہ برٛونٛہہ کاروانَس



ژِ گَتھ زیٹھان گَر سہَ ژھوٚٹرِنچ گَتھ
گَنڈل سوٛنچَن ژِ گَر سَہ مُژرِنچ گَتھ
ژِ زیٹھکھ یوٚت کَرژیٹھی وأنس سأرِ ے
یَمَن لوٛنچَن ژِ گَر ووٗنی سوٚمبرَنچ گَتھ



شُرِبن أزی کبن رِژر پاڈِچھ نہٕ فُرصَتھ
زِڈھو ژھوپہٕ گُر توَے چھَنہٕ کانٛہہ ضوٚرؤرَتھ
کھُلَن دَفتَر، تُلُن گَتھ چھُکھ وُرُن ووٚنی
أزِکی زِڈھی چھی شُرِبن باساں زحمَتھ



دہانٛچ گَتھ چھِ واتاں دوٗر تامَتھ
گراں چھُنہٕ تیٖر دڑامُت کانٛہہ تہٕ مُروَتھ
توَے یوسہٕ زَن گَرَکھ گَتھ، سوٗنٛچتھےٕ گر
اَنگھ یِنہٕ سالہٕ پانے پَنٛنی شاہمَتھ



یِواں چھُنہٕ کانٛہہ تہِ موسِم ووٚنی دِلَس راس
دِواں ما چھُس بہٕ گُنہِ کُنی زانٛہہ اَمُک باس
حَدَن مَنٛز روزِہَن یِم سوٗنٛچہِ سَرحَد
دِلَس پڑتھ دوہہ یِواں اَکھ اَکھ نوٗوُے ٹاس



ژٕ زَن روشکھ گرٛھی زَن گوسہٕ وَنتَم
ژٕ زَن پرٛارکھ دَپکھ مَنٕوِتھ مےٚ انہٕ نَم
سو گس فُرصَتھ سَنی چاٲنِس دولابَس
چھَ پانیارَس سبٕھاہ زَن ڈٔر گاٲمژ ژَم



شُرٕبن چھِنہٕ ماجِہ ہٕندی دودٕ گٲگ ژنٛبَس ووٚنی
رَچھَن دَگہِ ہُنٛد تِچھُن گَتہِ چھُکھ وَچھَس ووٚنی
گراں زَن ماجِہ أزی چےٚ چھَے کٕچھَس کومب
شَرٕبن أزی کٕبن پٲتم چھِنہٕ کیٛنٛہہ ژنٛبَس ووٚنی



اَڈٕبن تیٚوٚتاہ دِتُھ أڈی روٚدی نادار
اَڈٕبن چھُے فاقہٕ پھوٚر، أڈی کھٕبتھ چھِ بیمار
یہِ بھوٚگان گرمہٕ لانٛیک پھَل چھِ سٲری
ژےٚ چھَے سأرِے خَبَر چونٕے چھُ سَمسار



دِنس پیٹھ یِکھ اَگر تھپہِ کُس سہَ نی تَس
بے صَبری مَنٛز وَناں چھُس کیاہ بہٕ گَس گَس
بہٕ چھُس دودمُت بہٕ گَرٕہا اَکھ شُہُل اَکھ
بہٕ چھُس اَن زان دِتہِ ووٚنی زاۓنی ہُنٛد مَس



گوناہ گاۓری مےٚ چھَم چھُس بوٚڈ گوناہ گار
مےٚ چھُم سورُوٕے ییٚتیُک، چھُس توتہِ نادار
اَگر بخشَکھ مےٚ وَن تیٚلہِ کُس ژٕ رَٹہٕ ہَن
بخشتَم چھُے اَگر زَن بخشنَس وار



مےٚ چھُنہٕ سَنٛزٕ بَتھ، بہٕ کیاہ دِمہٕ یور سفرَس
لگُن نَنہِ تالہِ شایَد تاپہٕ ترٛژَرَس
سَفَر چھُم زیوٹھ کوٚٹھن چھَنہٕ سامرَتھ کانٛہہ
ہلَم داۓرِتھ مَنٛگاں رَحمتھ بہٕ تھزرَس



بۂ یِنۂ وُچھِ ہا، وُپھُن چھُم تی پبوٗاں ووٗنی
أنْدرِی عالَم نیٗپرٚ عالَم ژُواں ووٗنی
پبوٗاں حَبسۂ ڈالۂ وُنی بُتھِ پچھِم دُوٗتی اَز
رُنیٗمتی سونْچ پچھِم لونْچَن سُواں ووٗنی



وَدَکھ کوٗتاہ أپچھَن سوری پُنُن گاش
ژےٚ چھَے تھُوٗمش ڈُکھِس ئلی آپچھرِے آش
گرَشان دوہہ دوہہ ژےٚ چھُے ووٗنان تۂ دونان
رَٹُن دَے سُے کَری اٗخر دوکھَن ناش



گوڈنی کوٗنچھُتھ ژےٚ پانَے سوٚن سَمَنْدَر
کوٚرُتھ مَلرَن تۂ گِرداَبَن ژےٚ بُر ژَر
ووٗں زَن وایگھ ژِ اَتھِ کھور کور واتگھ
سوٗتیٗمتی شاہ خَبَر چھا ووٗنی سوتَن گَر



گجم نیہہ چھَم أچھَر والَن تہِ وونٔ دَگ
یَمَن رائژَن ونیٔنڈرِیک چھُس دِواں سَگ
گَھساں وُڈرَن، پَہاڑَن کوہسارَن
اَنا سیٔرے مےٚ ڈالاں سونچکی ٹھگَ



صُبحُک شہجار پوشیا شام تامَتھ
سِری لوٗسِتھ پَتَو سَپداں نَدامَتھ
دوہَس آساں جوَانی، ژھوہہ چھِ ماراں
ڈوکاں اَسمائی کھسہٕ وُنٔ قَدو قامَتھ



گُلَن ہنٛز رأوِشْ زَن بُلبُلَن مائے
دِلَن ہنٛز تیز گأشَن زَن چھَ دُبرائے
یہِ لوٚگمُت ژھبن چھُ باغَس باغوانَس
چھِما بوزاں توَے کانٛہہ نَغمہٕ گنگرائے



پَنَس گے ڈیشَجِہ ڈیشَجَن دڑاو پَن
ؤِلتھ مُڑراں مُڑراؤِتھ وَلاں زَن
ژھباں پیتِژ نَس، گَنڈَن چھِن بیِہِ گنڈو ءستِژ
گَنڈل داوَن لَگاں ؤلی ؤلی پَتَو ژھبَن



گَتھَو ؤشِنو گَتھَو گَر خاءَر پاڈھاہ
ژِ روزَکھ ژاٹِہ ہالُک ٹوڈھ ژاڈھاہ
رَگَن مَنز لول ؤشنیرُک ژےٚ پھیری
لَبی ییمِہ زِندگی ہِنز ناو گھاڈھاہ



گَہے تاپَن گَہے اوبرَن روڈُے نَب
نَبَس پیٹھ ئِج گَہے زَن تارگَن سَب
دوہَن راٗژَن، رتَن ؤریٚن تہِ واٗنسَن
لَبُن یُدوَے تگی تیٚلِہِ راز کاٗنہہ لَب



گَراں تَنہِ کوٗت گُجِر گاہ کوٗت پأراو
یِواں چھِنہِ گُنہِ تہِ رَنگہِ اَتھ کانُہہ تہِ ٹھُہراو
مَنَس ءستِن زبَنَس ءستی ژُٹھ لے
مَنُک وَردَن تگی یُدوَے ژِ وٗئی راو



دَپاں چھُکھ ہے دِلَس اُجمِژ مےٗ چھَم گڑاے
ژےٗ چھےَ اَز اِبتدا سونچَس یہَے تڑاے
دِلَس نَے گڑاے لگَہِ تیٗلہِ وَنتہِ لگَہِ گتھ
ژِ تھَو دِل صاف اُنَس تُل مہُر ہاے



گرُشھاں آدَم چھُ بَنٗد پَنہِ نَبن گوشَن مَنٗز
چھُ ییراں زال زَن پینٗشَن رَشَن مَنٗز
پھَساں پَتہِ آوِ لُنِسے مَنٗز چھُ پَنہِ نِس
گرُشھاں آویزِ، اُستھ بَر گُشَن مَنٗز



مَنَس میأنس سَنیمؿ کیاژِ پَرگَل
مَنےٍ رؤدُم گراں گَتہِ کور گَم ژھَل
قرارِ ے پچھُسنہٍ پچھَس سیمأئ خصلَتھ
کھبلَس پٹھ گَس دَربو، بیٹہِ یور دَرِ زَل



وَیاں نہٍ پچھِ ءتر نےَ وُشنیر پانَس
کُٹُن ترٛاوَکھ ژِ کباہ وَن اَتھ دُکانَس
تگی ہَرگاہ تھَوُن موچھِ مَنٛز پٔنُن مَن
گَرَکھ تبلہِ رَہبَری پرٛتھ کاروانَس



مےٚ دؤپ پانو خَبَر زانٛہہ ما ژِٕ موٚدرَکھ
ژھوچَر نَظرَن ہُنٛدُ ے زانٛہہ ما ژِٕ مُشرَکھ
ژےٚ تھأوِتھ ٹٹھ وبٔنَس ءستٕن دوہےَ لَے
توَ ے زَن یأر ہِش أنٛدری ژِٕ دودرَکھ



وَنان کۄتاه پَزر چھُکھ پڑژھتہٕ پانَس
گگس پٔٹھ کیاه رَنان چھُکھ وَنتہٕ پانَس
اَپُز وُنی وُنی روٗٹتھ ہیُر کیازِ پَزرَس
وتِٕپی کۄتاه اَپُز اۭخر ژٕے بانَس



موکھَس مَنز چھےَ دوکھَن ہٕنز داۍدی کانٛگر
چھُ کُس بوزان؟ مگَر وَنہٕ نٕچ ژٕے باہٕر
گَران گَتھ راۍچھ چھُکھ سوروٗے چھُ نٔشوَر
گَلَس پٔٹھ چھُکھ رَچھان الہٕ وُنی یہِ ٹاۍکر



مےٚیہ پھیرِم گوڈ پَکان گَنہِ گاگَرَن پٔٹھ
سبٕہاه مُشکِل چھُ واتُن آگرَن پٔٹھ
وَتَن ہنٛدی بُتھی گاۍمتی ساۍری چھِ بُتھی پھِری
زُوٗن ییتہِ چھےٚ پوان خاۍرَن شَرن پٔٹھ



لتَن تل تھُو دوہَے اَسہِ مأج بُتراتھ
نہَ کوٚر زانٔہہ واد اَمہِ نےَ پڑژٕھن ذاتھ
صَہر کۄتاہ أمِس کۄتاہ تُلان بور
مَنٛگان چھُنہٕ کینٛہہ، دِواں اورَے چھِ سوغاتھ



پرُٛن اَز تام گَس توٚگ وَنتہٕ ڈٕبکہٕ لون
مَنٛدکھ کوتاہ لَگان چھُنہٕ کانٛہہ تہِ اَتھ دیون
قلَم اَتھ ڈالہٕ ہَو ۔ تھُو ما دٕیَن وَتھ
دٕیَن لیوٚکھُے، دَیہِ سۓ أسۍ تہِ پُشرون



وَنان ووتُم مےٚ تَتہٕ یَتہٕ ماجہِ تھَنہٕ پوٚس
وٕنتھ وَنہٕ نےَ مےٚ روزان چھُم ووتھان توس
پَنٕنۍ کَنۍ چھُس گرڑان پَنہٕ نٔبن گَتھَن گش
خبَر کوسہِ گَتھ گرِتھ أخر لوٚتُم بوس



نیٛری پھیرِتھ نۂ سا لوٗب کاٗنسہِ کاںہہ سوکھ
ژَلان یُس پاٗنٔی پاںَس نِش ٹُلان دوکھ
اَوَے کرٛنجلبن پیوان چھُے یوںٔی سارُن
أںدری پھیرَکھ ژٔ پاںَس، تیٛلہِ پڑٛنی موکھ



دِواں چھُس پاٗنٔی پانَے ئلو کھتَن زیٖر
یِوان چھَم وَلنۂ پاںَس، چھُس گَرشھاں گیٖر
دَیَن دوِیہِ ترٛٔہ (32) سِپاہ زیو راٗچھی تھوٗیٔ متی
مگَر چھَے توتہِ زیٹھان توبۂ تقصیٖر



اَںدَن گَر نیاے پرٛژہٕ ہاٗ دوسدارَس
گونیمٔژ کائے چھَم وَنۂ بالہٕ یارَس
مےٛ چھَنٔہ کاںہہ سامرٛتھ وَنۂ نٕچ نہَ گَرنٕچ
گَرِم اَتھٕ روٗٹ بۂ ترٕ اَدٕ تارٕ تارَس



سُنگِستانَس اَنْدَر چھَس اَنہٕ خاناہ
مےٚ سَرِ راہ تڑوومُت زَن چھُم دوکاناہ
بہٕ کَرٕ اَتھ رأچھ کَمہِ کَمہِ آیہِ وَنتم
چھُ مُشکِل اَتھ کرُن کانہہ سایہِ باناہ



وُچھُم پڑتھ کانہہ دِوان ییٚتہِ زَن چھُ بارَو
وَداں سُتہِ وأجِ ہٕڑ یَس وُنہٕ چھِ دیارَو
رِواں سُتہِ یَس چھِ لاچأری غَریٖبی
یہِ گو سَمسار، زونٕے زأنی کارَو



تَراں پانو ژٕ چھُکھ ییٚتہِ پڑانہِ تارَے
ہَتا گَے بونہِ کُلی گراتام وُجارَے
وَٹو گتہِ شیٖنہٕ مانے آنگنَس منٛز
وُچھو گتہِ شیٖنہٕ رَزنٕے ہُنْد نظارَے



خَبَر گَمہِ زَنگہِ دژ اُمت یور اوُسس
تَوَے سَمیَن دوکھَس آویژ تھووُس
ڈَلاں میزان ساَری راذ ہوثژکی
تَوَے یِتہِ گَرِثھ گراں پژتھ ساتہِ روُوُس



وُچھان ووتُم مگَر وُپچھِنج چھِ تژشناہ
مَراں ووتُم مگَر زُونچ چھِ تژشناہ
یہِ تژشناہ باگہِ آیم یَنہِ بہِ یوت آس
گلان زَن آسہِ گَتھ وَنج چھِ تژشناہ



شوٚدِس بوٚدِسےٚ چھِ یٚیتہِ پوران ساَری
شوٚدِ،س بوٚدِسےٚ اَٹَس کھرِث نابہِ کاَری
گرِثھکھ نیٚ سوی ژ یٚیتہِ وُلٹَن وُریٚن
ژ ییٚنہِ بوزَکھ ژےٚ چھےٚ تیٚلہِ پایداَری



ژٕ چھُکھ اپشَر گَرُم بھُٔکتی مےٚ بُرٛژَر
دِتم زَنماشتٔرَن ہُنٛد ووٕنی مےٚ ہَر تَر
ووپَر وَتہِ پیٛٹھ بہٕ چھُس دَرمانٛدٕ گومُت
برَس تَل چھُس بہٕ آمُت کاستَم وَر



ژَلانےٕ چھُنہٕ مَنُگ مَل یۄٚت چھٔلۍ چھٔلۍ
لَبانےٕ چھِنہٕ مٔنزِل گَتہِ کور ژٔلی ژٔلی
چھِ پٔدی گاٸمتۍ مےٚ سَکھ رَتہٕ داوۍ پٔکۍ پٔکۍ
پَتھَر پیومُت گَرُم اَتھٕ روٗٹ مےٚ وٕلی وٕلی



سوٕ گَتھ بۄزِتھ لَگاں زَن ووٕنی کَنَن تھۄپ
کوٕ گَتھ بوزٕنی وَنٕز کیاہ ساۓ أزبُک دوٗپ
مَنُگ پارُد بہٕ رَٹھٕ ہَن تیۄٚت دَگہٕ ہَن
مگَر اَتھِ یُن چھُ مُشکِل گاٹلوٕ دوٗپ



چھُ کیاہ سأ وأنٛسہِ یُن باساں کھٕرے اَز
گَرٛھاں چھےَ وأنٛسٹھَن زَن دَجہِ ہُرٕے اَز
عُرضمأنی بےٚ دَسگأہی بےٚ قَدری
شُرٕبن ہُنٛد لول تامَتھ آچھٕرے اَز



مَہ سأ رأوِن دَیوِ یِیٚتہِ اول کأنسی
گَرٛھاں کیاہ سأ وَرفتار پۆرٕ وأنٛسی
پٕوان پَنہٕ نٮ۪ن اَنٛدَر روزُن ووپرٕھیوٕ
وٕنِتھ ما سأ ہٕکاں گٔدرُن چھِ کأنٛسی



چھِ کھاران شانٛدٕ گٔنٛڈی طوطَن یُتھُےٕ بوش
تِمَن پَتہٕ چھُے نہٕ روزان کانٛہہ پُٛنن ہوش
پٕوان چھِنہٕ پٕدی تِمَن پَتہٕ زانٛہہ تہِ پُتھرِس
یۆہےَ چھُے طوطہٕ چشمَن ہُنٛد أزٕبک روش



ٹٚچھَر یَس باسہِ ماچھَس تَس وَنو کیاہ
وَنی اَنہِ گۆٹ سۄ گاشَس تَس وَنو کیاہ
یِہے یِرٕونی چھِ اَز پڑتھ کأنٛسہِ گأمٕژ
یژتھ یُس کھارِ دارَس تَس وَنو کیاہ



ژٕ لۆژرَکھ پان یێتہٕ گِنٛدنےَ ژےٚ گتگَس
ترَکھ گمہِ ژھانٛٹہِ پَتہٕ وَنتَم مےٚ سۆدرَس
رَچھکھ یێلہِ بۆرُدبأری، گاٹہٕ جأری
ژھبُدن باسی اَگر روزَکھ تہٕ منٛزَرس



مَنٛدان چھُکھ پونٛژ کیاہ سأیی ژےٚ حأصِل
وَزان زَن چھُکھ ژھرٕ ے مُٹ چھُکھ ژٕ غأفِل
ژھوژبن ڈونبن ژےٚ پھُٹرِتھ کیاہ سأ نیری
وَنٛہُس ءستمن پنٛزٕ لےَ تھَو ژٕ شأمِل



پَنُن کُس چھے تھوَکھ گُمی ݜنز ژ ووݨی سَتھ
پَنُن چھے پان، پانَس ݜتی گر گَتھ
ژ چھُکھ پانےَ شمع، پانے ژ پوپُر
شمع زاٰ لِتھ ژ گر پانَس پَنݨی گَتھ



سَنُن لایَق یےِ کیڙھاہ تَتھ سَنُن گوٚڙھ
سَنِتھ کیڙھاہ تےِ سَنہے تی وَنُن گوٚڙھ
کھٔسِتھ وُڈرَن تےِ بالَن ئلی تھوٚکُےِ پان
مَنُگ لولاہ وُزَن گوٚڙھ سُےِ سَنُن گوٚڙھ



پَکاں ییٚلہِ واوِ رِنگ ہوشَو ڈَلاں چھُکھ
گَرڑھی لوٚت گوٚب پَتَو ہیٚرِ بونےِ اَلاں چھُکھ
اَناسپَرن اَگَر تھَوِ ہگھ ہَناہ حبس
ژما گَلہِ ہگھ، ژ ییتھِ پاٰٹھن گلاں چھُکھ



ژَلگھ زَن وَنتۭہ گَس نِش کوٚت ژَلگھ وونۡ
رَنگَن ہِنۡدی رَنگ ژےٚ چھاٗوِتھ گُس مَلگَھ وونۡ
ژےٚ ووتےٚ لارِ لَد ہیوٗ واٗنۡسہِ لاراں
بےٚ سوکھ اَنتاہ گَرَن چھی کِتھۭ بَلگَھ وونۡ



تگّی یُدوَے ژۭ بَس صَبرۭے صَبر گَر
وِپّی سَمسار، گَرَکھ یِیلہِ دِل سَمَنۡدَر
وَنُن تیوٗتاہ سُہَل گَرنُےٚ چھُ مُشکِل
پھٹان واٗلنۡج لگاں وَۭنکی چھِ اَرسَر



تھبکاں چھُس بَس پَنُن حَد بنۡیہِ پَنُن قَد
گَراں ساٗری تھَزَر باقی بۭہ چھُس رَد
اَہَنۡکارَن بۭہ چھُس روٹُمت شرۡنۡزِس مَنۡز
پوٚتُس اَدِ سامَرتھ سوٗرِتھ وَساں مَد



ہبرُن گیلُن دَپاں پاٗنس چھُ میلُن
سنکھ یُدوَے وُچھکھ پڑتھ کاٗنسہِ شیٛہلُن
اَگر تگِہی ژِ پل گوڈِ پاٗنی پاٗنس
سَنگھ ییٛلہِ کتھِ ہیٛی تیٛلہِ تہِل تیلُن



اُچھوَ کھوربو تہِ ہاٗوِتھ چھُکھنہٕ سَمجھان
ژےٚ کیاہ گوٚڈٕے چھِی نہٕ کینٛہہ ژوٚک تَل واتان
گَرَکھ ٕکتِس ژِ للہِ کھوٚل پانہٕ، وَتَم
ژَٹان رادَس یہٕ چھُکھ ہونٛزس تہِ واٹان



پڑژھاں پرتھ کینٛہہ یہٕ ییٛلہِ چھُس خاص و عاٗمس
اَگران چھُس سال پاٗنئے پڑتھ وولاٗمس
مےٚ چھِنہٕ ژَلنَس یِواں پتہٕ کاٗنہہ تہِ اَتھِ وَتھ
گوڈے لاگم یہٕ گرِ ہا تَتھ گلاٗمس



چھِ صَبرِ کی ٹھُٹھی مےٗ ووِنی زَن آوِ سیئمتی
یُپیِن ہِنڈی شُپی یےَ زَن ٹاسۂ نیئمتی
گَمَر کوژھلِس گو بوِ بوٗستوٗر تلی تُلی
چھِ آشَن ہِنڈی شَہرَ زَن کامپۂ نیئمتی



مےٗ گوٗژھ ہُتِہ یُن تۂ بئیِہ گوٗژھ یِتِہ وَٹّھ یُن
گَرڑا ن لَنْجِہ چھُس بۂ پاَنس واتۂ کوٗت گُن
یہَے دوِ دَو گَران سوربو مےٗ سوروُے
ہیُوٗتُم یوٗتاہ مےٗ تَمِہ زیادَے پیٗتی گُن



پَلکَھ تے وَنتۂ گَتھ وَتِہ پپٹھ پلَکَھ ووِنی
پئِتھ پَگَنے تِہ روزَکھ بئیِہ تھَلَگَھ ووِنی
ژھوچِین وَتۂ نےِ ژےٗ باسی تیوٗت زَچھَر
چھُ سَم سوٗتریِ ئلی کھوشتِن للَگَھ ووِنی



اَڈبن پیٚتہٕ گوڈ ھوٚانےٕ راٴوی زَن اَنٛد
اَڈبن گے راٴسی سیکہٕ صُحراوَن اَنٛدر سٛنٛد
اَڈبن وُچھنَے اَژان زَن موسَمن مُس
اَڈبن بے عار وَقتَن زَن پھُٹٕری دَنٛد



چھَ کُنہٕ کُنہٕ وَدنہٕ روسُتے زَن وَداں اُچھ
چھَ کُنہٕ کُنہٕ وُچھنہٕ روٗسُتے زَن وُچھاں اُچھ
مَشاں باضَے چھَ پرٛزناوِتھ تہٕ پرٛزنَتھ
بےٚ سوٚمبےٕ منٛز تہٕ باضے چھَے سَماں اُچھ



مےٚ زَن پوٚ ہَنگہٕ تہٕ مَنگہٕ پیٚتہٕ تبٕتھ اَنٛدرِی ژوٗر
پھُٹٕرنَس اَنٛدری اَنٛدری زَن کوٗرُن سوٗر
کَکَن ہُنٛد دوٗرٕ گَن زَن اَڈ وَتی پھُٹ
ووتھاں اَنٛدری خَیالَن گیوٗر تَے سیوٗر



خَیالَن ہُنْد وُڈاں آکاشس وُڈِتھ پرٛنگ
گَہے ہاوان تَل پاتالس شَبرَنگ
زِہس برٛنزِ سے یِہ گرِ ہے اَکھ قَراراہ
گَراں چھُے شوقہٕ آمتی رَنگ تہٕ بے رَنگ



بہٕ چھُس وونان دَپھ دونان چھَم وأنس
لۆتُے أسِتھ سبٹھاہ گۆبران چھَم وأنس
پۆتھُر روٗدُم پدٕن اَسمان سَتھ گز
گوٚنیٛمتی شاہ تہٕ چھِم، لِتھوان چھَم وأنس



گوٚنَن میانَن اَگوٚن تُٔمی ہِنٛدی چھِ گَتران
صَبر کوٗتاہ پَنٕنی کَنی چھُس بہٕ سۆدران
بہٕ کۆرنس کۆل سبٹھاہ تُٔمی ہِنٛدی بےٚ سومبرَن
ٹپھُر تُٔمی سُنٛد بہٕ کوٗتاہ توتہٕ مۆدران



گُسُنڈ تھوُوتھ دَزَن دود یۆت وَتَم
رَزَن کھوُرتھ ژٕے گتھ پٔڑھ پان پۄہَم
ژٕ چھُکھ وُنی، کیاہ خَبر آسکھنہٕ زَن وُنی
دَمَس گر رأچھ چھےٚ بَس اَکھ یُہُے دَم



یہِ چھےٚ سَمسار ٹاٹھیو اَکھ سَمَن بَل
پُٹُن آمُت ژٕ ہٹتھ چھُکھ پۆرٕ اَن زَل
دِوَے اُلجھ ژوپأسے یِیتہِ چھِ باسان
مہَ بوڈ اَتھ مَنز تہٕ بَن سأبَس ڈُلُک کھَل



یہِ وِز أزی کس دۆہَس مَنز چھےٚ غنیمَتھ
پگاہ دَے زانہِ شاہ روزیا سَلامَتھ
سہٕ راتُک دوہہ ترِتھ گو موختہٕ مالےٚ
زُوُن چھےٚ، زُو تہٕ یَتھ وِزِ مَنز ژٕ تامَتھ



گَتھَو ءستھِن ژےٚ ٹوٚڑآءِتھ پیٚتنِز وَتھ
اَتھَو گَس گَس نہٖ پَلز ییکھ ژٖ شاہمَتھ
سبٹھاہ مُشکِل ژٖ کِتھٖ اَمہِ ہاٰنژِ موکلَگھ
اُلجی توٚہمَتھ تہٖ راٰءِوے چاٰئی اَرزَتھ



گَران گَتھ چھُکھ ژٖ میٚژٖ بَنہِ یوٗت گُجی گاہ
اَپُز سوروٗءِ ے، یہ چھُے اَپزیک تہِ اَپُزاہ
یہِ تَن شاہ روٗس تھُتھٖر گھرِ کیٚن تہِ باساں
پیٚیکھ ہَرگاہ تھوٗن گھرِ مورِدٖ راتھاہ



ژےٚ پاٰنَس ءستِ شاہ اُنی ءمتِ چھِ گُنزرِتھ
تھُوِتھ گَتھ پیٹھ ژےٚ دَفتَر پیٚتِ مُشرِتھ
لوٚتُے روزَکھ، اَگَر لوتہٖ واٰے روزکھ
پبواں وُسی پبوٚن چھُ پَنہٖ وُتھرَس تہِ زَزرِتھ



پُٹن کیاہ چھے کرَکھ کتھ کتھ پُٹن ناو
مےٚ وَنتم کتھ سأ پٹھ چھے یوٗت چکہِ چاو
ژٕ چھُکھ داہگار پانَس چھُکھ گراں داہ
دِنےٚ داہ جایہِ ژٕ کلَس تتھیٚ کھسی بھار



ووٚنت ییٚلہِ آسہِ وون تھزٕ رے وَساں بون
سَنبرٕ سوٚ دُرک تہٕ تھاواں پیش ہن ہن
ظونَس یَس یَس تہٕ تگہِ ییٚتہٕ زاگہِ روزُن
پیٚیُس تھنہٕ پأنیٚ پانےٚ سَرتلےٚ سون



گتھَن ینہٕ راد زتٹھی آس سُوٗنےٚ
گرٕ کھ ینہٕ کاڈ قدَمَن کھوٚیٚنتی لگَنےٚ
"بہٕ چھس"، ییٚتھ باس منسا وَکھ اگر زَن
گونَن چانَن ژےٚ کیاہ سأ پوٗز گرنےٚ



مِشُل ووتھ سأری سےٚ پانَس ووتھاں دَگ
مگَر لاگاں سَخت چھُکھ زَنتہٕ چھُکھ اَگ
خبَر گَتھ پٮ۪ٹھ مبٕگن چھُے یوٗت ہٕر ہٕر
ژٕ گَر سَرٕ زِنٛدگی ہُنٛد پرٛون تہٕ بٔییہٕ زَگ



یہِ کانٛگرٕ وأنٛسہِ ہٕنٛز زَن کاپہِ دژٛامٕژ
أنٛدٕری نارَن یہِ زأٔلِتھ وارٕ تھٔوٕمٕژ
یہِ زَن چھےَ کأٔلپٕر دی دی کاپہِ نیران
یِوان چھَنہٕ اَتھ تھَپٕھے زَن آوٕسیمٕژ



جَوأنی مَنٛز ژٕ ہاوان تیوٗت مَژٕھ بَل
ٹُلاں باڈَو گُلبٕن الٕہٕ اَل چھِ چأنٛی گبٕل
پَدٕبن چھُکھ سُٔجدٕ گَرناوان ژٕ ووٕنہٕ تبٕن
دِواں چھُکھ ڈُنٛگ تہٕ مینان چھُکھ شَہو ڈَل



لَگاں اَزلَے چھُ آدَم گیُری ناوَن
پَکاں بڑوڅہہ گَنڈ ژُھنان چھے ٹَگل داوَن
یِوان اَبسأوی اَبسأوی آپچھُرِ بڑوڅہہ
پَتُو لاگَن یہِ سَمسارِ ے چھُ تاوَن



گرژھِدِ ے راواں چھِ یئتہِ گُنزرأوی گُنزرأوی
زیوان نیایَن تہِ نیاے أنزرأوی أنزرأوی
سَرَس مَنز ژھانٹہِ روٗس مَنشَس گأمتی گتی
ٹبٹھاں پڑتھ کیٚنہہ چھُ یئتہِ موٚدرأوی موٚدرأوی



ژھوگَن ژۄٹمُت چھُنگھ پھوکہِ ستی ؤستھ پبکھ
بُنِتھ آمُت ژ‍ٕے چھے تھکبنَس ژِ گرٕ تھگھ
یہِ وَقتچ بُر بَتَنی نُژی گَری ژَھل
یکُر مأرِتھ فَقَط لاری اَتھَن پھکھ



گَراں چھُس کوچہِ پھیرُ ؤہمَس گُمانَس
یِواں پھیرِتھ تُرُنگاں پانَس تہِ جانَس
کھورَو تلہِ زَن ژَلاں بُتراتھ نیرِتھ
پِلاں نَرِ چھَمنہِ کُنہِ آکائشی تھانَس



نَمَس مازَس یہِ کُبتھ لوٗگمُت چھُ اَز ژھبن
سبٹھاہ چھےَ پأری زانَن اَز گُمژ زبن
دوچھُن کھوہوٗر دَبَس پَنہِ نِس خَبَردار
بَنٛدَن بیٚیہِ بانٛدِوَن ووپدیو سبٹھاہ ببن



گھرَس مَنٛز دارِ تامَتھ بیٚون بَرَن نِش
پُنُن سوروٗےِ پُنُن تھووٗکھ پَرَن نِش
وَنٛدَکھ سوروٗےِ تہِ زَن پَنہِ نبن بَنٛدَن تام
ژےٚ رٔچھِ نےَ دَے تِتھبن خأرَن شَرَن نِش



رِءچھِم سینَس اَند بیٚتہِ کیٚنہ ساٗری
توَے سوچوَ مےٚ زَن ٗگرہَم وُجاٗری
گَران اِنکار چھُس گاشَس تہِ پزَرس
اَپُز پزَرَس گوٚمُت بیٚتہِ زَن سواٗری



یہِ ٗگمی تھوٚنگھ ژِ وَنتَم ماٗتراٗوِتھ
عٗقل نیمژ چھہَے زَن وَرِءغلاٗوِتھ
اٗپچھَن دوشوِنی گٗنڈِتھ تھٗومژ چھہَے پٗٹ
توَے ما چھُکھ ہبکان کیٚنہ پَرزِ ناٗوِتھ



بہِ چھُس زَن رووُمُت بیٚتہِ پاٗنی پاٗنَس
توَے پَردیوٚس پَنہِ نِس آشیاٗنَس
ٹوٹیَم وَتھ لوٚگُس زَن لار داٗرک
لَبِم تے کانہہ تہِ لَبوِنی چھمنہِ پاٗنَس



اَگر چھے کینٛہہ پٔتم یاداش، مٔشراو
تھکِنٕ لایَق اَگر چھی پوش، پرٛزناو
خَبَر کَمہِ وَنہٕ ژٕ آمُت چھُکھ وٕسِتھ یور
ژٕے پِنہٕ گنٛڈنے رٔزَن، پَتہٕ گَس گرَکھ گرٛاو



وونُم کوٚتاہ تہِ زَن وٕنی وٕنی تہِ کیاہ دژاو
وُچھُم کوٚتاہ تہِ زَن، وُچھنَس وُچھُن زاو
چھِ یِم زَن ژھایہِ ہٕلی بے وایہِ بُتھی پھِری
پوٚشُت پیٚتران زَن اوٚکنۍ چھُ گشی ناو



اَلاوَس آلہٕ وُن توٚگ پوٚشرِس پان
لوٚبُن ژھوپہٕ دَم گرِتھ کِتھٕ گَن سہَ نبروان
زَگتھ مژِ نیٚنٛدرِ ہَنز پیٚلہِ اوس پیوٚمُت
سہَ ژھونٛڈُن ژوٚک موٚدُر نے مان ایمان



پرَکھ زَن کیاہ پرَکھ کۄتاہ پرَکھ مَن
سَنگھ زَن کیاہ سَنگھ کۄتاہ سَنگھ سَن
سَنُن یۄتاہ سَنی تیۄتاہ وَنگھ زَن
وَنُن ؤنی ؤنی تھکی ہِتھ گَن لگبس ژھِن



دَپاں واوَس چھِ آسان کاوِ گَن زَن
گراں ہِتھ تارِ کانج چھا ژھِنان پَن
گتھَن گنڈی گرِ، گتھَن گر پوشہِ پاَراو
بیابانَن تہِ ووپدَن پوش گوشَن



رَزَن کھَسُن رَزے رؤس
یےِ گو گرشھَن بوزے ناش
پاأَنِس مُٔنڈِتھ کھَسیا پوِس
یَرَشکھ ییٔلہِ تےِ لگَبھ گاش



گَرٍلی سوٗنچَس پھُڇٗ وَڈھ
گَرڑس پتَو گُنٍےُ گش
نےَ روزی دَزُن نےَ یِی گَڈھ
ہُری پانےَ پُنُن یَش



رَنگھ کوتاہ ترُشَن پپٹھ
مُشَو وَسیا دوسَن تیٚہہ
بانَن یؤتاہ تھَوَکھ ژھبٹھ
تیؤتاہ گُہلِس گرشھان گرٚیہہ



ہیرِمس گرڑَس پھُن تھوؤ کھ
بوِنمی تھوؤے وِٹتھ پان
ہیرُیم گرڑہِ یہیلہِ ٹاسُر تھوؤ کھ
بیہِ پو وِبٹھس پھُن پان



ہرشنہِ تیمی زَن سینہِ دور
شبرِ لوگےُ شِوَن سےُ
پان یَمَو مالہِ تور
تِمَن ژُجی ساَرِے دُے



خَبَر کوت گَے باُجِ بَٹھ
تَمکُے وَٹھ زَن سُئِنتھ گَو
اوٗ نگَجن تام گے مُشِتھ موٹھ
سورِوُے پُرِتھ مُشِتھ گَو



دوہہ ییٚلہِ سَپدان کوٚہَس سوٚمب
پیٚٹھی زَن پبوان اَکھ اَکھ گُر
تومبوِ مَنزُ زَن پبوان توٚمب
تالَو گَربن راوان گُر



دَنڈَن تھاءُوتھ ؤژھے بُر
زبو چھَے ژَلان وَنان پھَرات
وُٹھِ بَرنے تھَچھ تھَو ڈٕر
یِنہٕ راوی گَتھَن ذاتھ



دَیہِ سُنڈ لول بَدلےَ لول
نےَ تَتہِ حاجت اَرِگ پوش
نیٚرِی تھاوان نوٚن گشکول
أنڈری آسان بَس مَدہوش



زبوِ ہشدی تیوٗنگل ءستیِ ننٗگل
نَتہٕ یِی ٹھولے ہنٗگل گاو
صَبرُک زِیرُ نوُن کھبتھ روز اَٹَل
أنٗدری سورُے کیٗنھہ شرٗوپراو



لَتَن ہُنٗد ماز لاران وَتَن
توتہِ مئٗزِل کھوتبن مَنٗز
ژوک چھُ نیران نوبن پھوتبن
پھُٹِتھ گرٗھان کنوِی گَنٗز



بوٚستوٗر ساران گھاٹہٕ کوٗژھُل
پھیکوِ ژھوکان، ہبکُن چھُس
نگھِ پھِری گَران ژھاران شِہُل
اَتھَو گُلی گَنٗڈ رَچھُن چھُس



وِوتھکھ ییٖلہِ تیٖلہِ پکُن چھے
تَو میٖنگھ وَتن راد
پکِتھ أُخر ژھوکُن چھے
سوٗنچہِ لونٛچن ہتَو لاد



صَبرٕ کی جامہٕ مہَ ژٹھ جَل
پڑاژَن وُٹھ تھَوتہٕ راد
وِکلہِ بدَل سوژلہِ نَل
ساٗری مہَ سہَ بنَن ساد



اَوٕیز مُشکھ پوٗشَن چھے
ژٕ کیاہ وُچھکھ پوشَن پڑژھ
زانہہ چھا روشَن؟ توشَن چھے
پَرژھ نَے پَرٛی ہوشَن پڑژھ



ژیئُن ہَسہَ زیئُن گو
نَے اَتہِ تولُن نَے میئُن
پھیرنہٖ رؤس ہَبا پھیرُن گو
گُلہِ رؤس اولاہ گو ییرُن



اؤبرَس گُمی گُنڈی اَز تام اَنُد
گُمی رئٹ چیرٖ دَنُدو رَز
ٹبڑھوبنہٖ ما سہَ ٹبڑھَن گُند
بازاہ جُف پیّہِ ہاراہ بَز



کؤتاہ پرَکھ بأژَن بُتھی
گَتھ گَتھ ہونجے گرَؤکھ رَے
بُتھِس پٹھ گو پوؤن وُتھ
سالہِ اَنگھ پانَس بڑے



گرِتھ ژٕرِتھ تھوٗن پان
پۆتُس اَٲخر ہٕرِتھ ہیۄن
مَشان پأنَس پَنٕنۍ زان
کیاہ گو مرُن کیاہ گو زیۆن



سِروَ وٕلِتھ وُرُن تھوو
ٕکتیٚن سِرَن گرَکھ فاش
بوتلہِ کوٗتاہ گُپِتھ تھوٚ
وُرُن ٹُلُس تہٕ سَپُد ناش



اَچھ پیٹھ زانہہ ما ژُروِتھ مُچھ
کوسہٕ کوسہٕ رٕچھ دِکھ زُوٕنَس کوٚژھ
کیاہ چھے تتھی ما لگی اَچھ
ہا مَتہِ ییٚتہِ چھکھ اَٲخر پوٚژھ



یێمہِ یێمہِ وَروَنہٕ پَردی پان
تٕتھی چھُکھ روزان یۄتاہ لور
یُتھ اوسُکھ تیُتھ اوسُکھ جان
نٕبتھٕ نَنہِ پانَے گَرٛشُن تور



یێتیُگ ہێون پگیا توٚت
ژادرِ گوٚتِس وێپی کیاہ
تَتہِ چھُ پَکان سُدآمی سوٚت
تَتہِ چھِ بَدَل وَتھاہ گَتھاہ



پانَس ترٛوُوتھ گُدآمی گَنٛڈ
روٗدُکھ بێتہِ کِس ٹِکہِ لَس بَنٛد
پانَے بُگتَکھ پَتُن ڈَنٛڈ
پھُٹنَے پانَے پٕتٕنی دَنٛد



رۄ چھم یێتیُک نَفرُک ہۄن
کھیأوِتھ چاأوِتھ بَنٕو ہۄس
وونٛ چھنہٕ چھوران لوگُن دۄن
سورُونہِ وأنٛسی کھورُن پۄس



تتَھ پانَس لگی توت
بانَس ٹھانَے تھوُن جان
دُہی لَد گگَرُ گرٕھکھ کۄت
صَبٕر گرُن زَبَر جان



تبرِ ٹَگھ پرٕژھ گُلی گوڈَس
اورٕ زانٛہہ ما کۄرُن واد
یہِ گَتھ وَنگھ تہِ زَن ترٛڈس
پَلہِ کیاہ پیٚیِس دۄن ساد



ژِ نے پَڅکھ پَڅی گُس
پانَے روزَ کھ گوڅے منْز
رَڅَن پیڅتن سَنو یُس
لال رَٹان دوڅھے مَنْز



گس پوٗش اَز تام مَڅھَن بَل
توڅھَن گَڅھان وُڑُون توٗہ
گبلَن گِنڈان ووپَر گل
مارتہٕ دوہَن تارَن ژھوٗہ



ووڈُر مَنشَس اَگنہٕ کونڈ
زٕنم گَڅھان ہُمان اَتھ
رَزِ روٗس رَزَن کتبتھ گَنڈ
اَڅیتھ گَڅھان اَتبتھ ژبتھ



ڑَ ڑَ ٹپنۂ پَشَن ہُنٛد
رَشَس مَنٛز زَن ژَلان وَکھ
صَبر سِنٛگلہِ پَشَن ہُنٛد
کأنٛسہِ ۂ واتان کانٛہہ تہِ زَکھ



نظرَو کوٗتاہ کوٚڈُۓ نوٚن
پَزرَو دِتی گَم گَم پاس
تھَزرَو سٔجدٕ گٔری بیٚون
اَگرَو مگرَو کوٚرُکھ گڑاس



دیارٕ ڈٕرِس یوٗت ژھربر
دیارٕ ژٕھرِس تیوٗت سوکھ
گَس چھُ اَربر گَس چھُ دَربر
پڑژھتہٕ پانَس گَس چھُ ژھوکھ



سَمکھی کاٹھہ نۂ مےّ ہیوٗ بَد
توتہِ بَد رَد وَنان چون
سَمیَن گرِ گرِ وونُم سبد
دِوان گَتہِ گوس پانَس دیوٗن



سوٗمبران سوٗمبران راوی وأنس
گنزران گنزران راوی گرٹد
پِتٔرمہِ نیٚنڈرے ساوی وأنس
پنجرکھ کِتھِ گن لونچن اَنڈ



قَسم گٔری گٔری کھوٗتےٗ پوٗس
توتہِ اَپزٕ اَپزے روٗد
یمَو بوز تِمَو اوٗس
نہَ روٗد مُژِے نہَ روٗد سُود



کھَسگھ کھَستہٕ کوٗتاہ ہیٚور
وَسَکھ سَستہٕ پانےَ بوٗن
تِہرِس پپٹھ گُس دَربو ژوٚر
گیرِس مَنٛز یِکھ پانےَ سَن



ییٚتہٕ چھِ زبوان چَنٛدَن چَنٛدٕ
لوٗکہٕ خَنٛدَن داران گَن
ربتہٕ کول نیرِتھ یِوان وَنٛدٕ
گَنٛدٕ شَربَتھ ٹبٹھان زَن



پگنَس ژٕ گَر پانو حبس
یِنہٕ سہَ ٹاٹھیا ڈَلی کھور
لانٛپہٕ گَرڑنَس یِوان رَس
کینٛہہ نَے سورَکھ یِہٕ گَتھ سور



یۆ تام ہبلگَھ پَکان روز
اکہِ دوہۂ پانو ڈوگُن چھے
ہَتۂ سہَ پانو پَٹُن بوز
بوزَکھ نَے تیٚلہِ ژھوگُن چھے



تیٚمی زَن دِتُے پھلبن پھاہ
ہیٚلبن تَس لگُی زَن اَمبار
تَس زایہِ پانَے کھاہَن کھاہ
پھٔلِس أکِس زایَس کھار



ہبرُن گیلُن پانَس میۆلُم
تہِ گَتہِ ژیۆنُم وۆڈُم أچھ
پَٹُن گَر مےٚ پَرنہِ چھۆنُم
پَنۂ نِس دوپِس گُرِم رٔچھ



گوڈَس پڑِژٔھنٔ تِہرِی گَتھ
سوگَے ؤَنٔ بَرَس داٗر
أنِس تھَوٕنٔ گاشٕچ سَتھ
منٔدورِ وَنا پَنٕچ پاٗر



وأنٔسہِ آمُت ہَلُن ڈُلُن
پَزِ یا اَمہِ نِش ژَلُن زانٔہہ
یُتھ آسہِ تتُھ گَژھِ پانَس وَلُن
مُتجنہٕ گَژھِنہٕ پَلُن زانٔہہ



ژَتبَس تھاوُن پٕتُم بڑٔ وُٹھم
پَتہٕ گَژھِ گَڑُن تَمُیک رَے
مےٚ دَپھ پَنٕنٔ وبڑار وُٹھم
اَوَے روزٕم أنَس کھَے



گُرِتھ سوڑے زبو ڈسی پھرُم

یہ زَن پؤرُم ژَکہِ روس چاہ

پاوِ روس ہسُ نے پَن گر تورُم

ماوسہِ رأ ژَن ژھونڈُم گاہ



نِیکہِ کھوچِر گرشھان نہ بوْن

نظرِ ژھوچِر راوان حَد

پَزرِچہِ وَتہِ چھِ پزاوان پزون

سبزرِچہِ وَتہِ نہ ژھوٹان قَد



یَس چھُ بَنان پَزنہٕ پیٹھی

پان باسان وَزنہٕ گوْب

پَتہٕ چھِ نیران بادام ٹیٹھی

نالی گرشھان گلس کھوْب



گس توٚگ پَرُن گرمۂ لون
کوٚت تام گس ییٚتِہ چھے اَن زَل
گَر مَنڎِ، کیاہ مَنڎِ سَمیک دیوَن
اُمی ییٚتِہ زوئے گزٹک ڙھَل



پَٹُن گچُل باہ تڙک کوٚرُم
اَتھ ما ڈِتُم اَڙنَے پوڙ
پانَس وَیہِ وُن سوڙے گوٚرُم
اَز تام دَریو نۂ زاڙھہ وُگۂ وڙ



گَتھِ بڙوڙھہ تیٚمی زَن قَسم کھیٚ
اُمی ءِسڙِ گَتھِ گُس گَری پَڙھ
اُمی ءِسڙ اَرزَتھ وُسی وُسی پیٚ
خاُلی روزان بُری بُری دوڙھ



لوݨچَن تیٚمی زَن زیچھَر تھَوو
ووپَرو بیٚیہِ ہَن لوٚمہِ ہَس بون
پَردبن اَتھی سورُے کھیوو
پَنہِ نِس پاݨَس دیاؤِکھ سَن



پَنہِ نوِ مآنیا پاؑغَمبَر
شِمعسِ گوڑِسےِ روٗڈُے گوٚٹ
گَلہِ پیٚٹھی تیمی زَن ہیٚڙ ژادَر
تَس چھُے باسان گاشَس گوٚٹ



گَتھَن دِنی پبن قسمہِ کوٚژھی
سہُ گو مَستُک وَسمہِ زَن
پَتہِ گے موٗرِنی پَیٚنی ہَڙی
مَنُش مَژ گو دون تہِ تڙن



مُنْزِی چھِس مَنْگان تاپَس شُہُل
شِہلِس مَنْگان باضے تاپھ
تَسُنْڈ تھُرمُت سورُے مولُل
مِیْ پھوْر پانَس پُنُن شاپھ



ہَردَس گُلمِن ہَران وَردَن
وأنسٹھ سَپِدتھ زَردَن بُتھی
گَمَن گَمَن نَمان گردَن
یئنڈرِ دوسَن ژدی گُری وُتھی



پگَھو سأری گَران وُڈَو
سوکھَن سأری ماران ژھوْہ
گرَڑو گَتھ مانے گرَڑو
ہُسیِ تِس پئنڈی چھے گَرڑان موْہ



اکےٖ وُن روزان تِہری اول
ژَلےٖ وُن روزان واوَل ٹوٗہ
کالَن گُس ییٚتےٖ اَبدی ژول
گَتھِ گَتھِ ءَستی تےٖ نَشان کوہ



بأژَس بأژَس زأژَل رَنگ
سَنےٖ وِنۡ تَنےٖ زَن سیڑَل گُنڈی
رونگمُت کوٚش زَن باسان کونگ
سأری اَمےٖ گیٚجےٖ پاَس گُنڈی



سَمسأری سوٚ درَس گُر غوطِ غوت
سوتےٖ وُنےٖ شاہِ تام پگوِنۡ روٗدی
ییٚلےٖ ییٚلےٖ ییٚتےٖ وُژھ مَرِنچ گَتھ
گَن رئڈ تَمےٖ نِش ژَلےٖ وِنۡ روٗری



سوٗرے ہیٚوت ییٚتہٕ دیارَن مٔلی
زانِہہ ما سَپدِ بو کارَن گَنٛڈ
پرٛتھ گُنہٕ پِلہٕ وَن ژھلی تےٚ ٲلی
کٔمی زون زٔنم چھُ مَنشَس ڈَنٛڈ



سوٗنچِس زانِہہ ما سوری شاہ
وَسہٕ وُن پوٗنٛی تہٕ کھَسہٕ ما پَتھ
زِنٛدٕ زُوٕ ترٛاویا کھَسہٕ وَس شاہ
پوٗپُرٛ ترٛاویا شَمعٕچ گَتھ



پانَس پرٛیہٕ وُن سوٗرے کوٚر
لَرِ لوٚر روٗدُم اَہَم بھاو
گُس گُس وَس یَتھ دیٚہہ لَرِ گوٚر
گَتہٕ بَدلووُم دیٚہہ سو بھاو



پاں یینلہِ باسوِ گنہِ کھوتۂ دوٗر

وَنہِ گتہِ آو پَتۂ کیٔنہہ اوٗنذ پوٚکھ

گیران روٗد پَتۂ توٗژھِ روس فوٚر

پڑتھ گُنہِ قدَمے پان زَن تھوٚک





सोरुय ह्योत येति द्यारन मॅल्य
ज़ाँह मा सपद्यव कारन गँड
प्रथ कुनि पिलवन छ़ॅल्य तय बॅल्य
कॅम्य ज़ोन ज़न्म छु मनुशस डंड?



सोंचस ज़ाँह मा सोरी शाह
वसुवुन पोन्य ति खसि मा पथ
ज़िन्दु जुव त्राव्या खसुवस शाह
पोंपुर त्राव्या शमुहच गथ



पानस प्रेयिवुन सोरुय कोर
लरि लोर रुदुम अहम भाव
कुस कुस वस यथ देहु लरि गोर
कति बदलोवुम वेहु स्वभाव



पान येलि बास्यव कनि ख्वोतु दोर
वनि कति आव पतु केंह ओंद पोख
गीरान रुद पतु त्वछ़ि रोस मोर
प्रथ कुनि कदमय पान ज़न थोक



पखाव सॉरी करान वुडव
स्वखान सॉरी मारान छ़ोह
कडव कथ कथ माने कड़व
हॅस्यतिस पॅन्द्य छुय कड़ान मोह



अलुवुन रोज़ान तिहिर्य ओल
च़लुवुन रोज़ान वावल तोह
कालन कुस येति अबदी च़ोल
कथि कथि सूत्य ति नशान कोंह



बॉच़स बॉच़स ज़ॉच़ल रंग
सनुवुन्य तनि ज़न सीच़ल कॅड्य
रोंगमुत कोश ज़न बासान क्वंग
सॉरी अमि गोजि पानस गॅन्ड्य



समसॉर्य सोदरस कॅर ग्वतु ग्वथ
स्वतुवुनि शाहु ताम पकुवुन्य रुद्य
येलि येलि येति वॅछ़ मरनुच कथ
कन रॅट्य तमि निश च़लुवुन्य रुद्य



पनुन्यव मॉन्या पॉगम्बर
शमुहस ग्वडुसुय रूदुय गोट
कलु पेठ्य येम्य ज़न हृयेच़ च़ादर
तस छुय बासान गाशस गोट



कथन दिन्य प्यन कसमु कोछ्य
सु गव मस्तुक वसमु ज़न
पतु गॅय मूरुन्य पनुन्य हॅच़्य
मनुश मंज़ गव द्वन तु त्रन



मॅंज़्य छुस मंगान तापस शुहुल
शिहलिस मंगान बाज़े ताफ
तसुंद थुरमुत सोरुय म्वलुल
मेय फोर पानस पनुन शाफ



हरदस कुल्यन हरान वरदन
वाँन्सठ सपदिथ ज़रदान बुथ्य
कमन कमन नमान गरदन
यन्दर द्वसनपु ज़ॅद्य कॅर्य वुथ्य



कस तोग परुन कर्म् लोन
कौत ताम कस येति छुय अनज़ल
कर मँदि क्याह मँदि समयुक द्योन
कॅम्य येति ज़ोनुय ग्रटुक छ़ल



पनुन कचुल बाह त्रक कोरुम
अथ मा दितुम अच़नय पोन्य
पानस वयिवुन सोरुय गोरुय
अज़ताम दर्‌यव न ज़ाँह वुग्‌ वोन्य



कथि ब्रोंह येम्य ज़न कसम खेय
तॅम्य सुंज़ि कथि कुस करी पछ़
तॅम्य सुंज़ अरज़थ वॅस्य वॅस्य पेय
खॉली रोज़ान बॅर्‌य बॅर्‌य द्रछ़



लोंचन येम्य ज़न ज़ेछर थोव
वोपरव बेयि हन लोमुहस बोन
परद्यन अथी सोरुय ख्योव
पनुनिस पानस द्यॉवुख सन



ज़्यतस थावुन पॅतिम ब्रूंठिम
पतु गछ़ि कडुन तम्युक रय
मे दफ पनुन्य व्यछ़ार वुठिम
अवय रुज़ुम ऑनस खाय



कॅरिथ सोरुय ज़्योवि दॅस्य फिरुम
यि ज़न पूरुम छ़कि रोस चाह
पावि रोस सुछ़ने पन कर तोरुम
मावसि रॉछ़न छ़ोन्डुम गाह



नियितुकि ख्वचरु गछ़ान न बोन
नज़रि छ़ोचरु रावान हद
पज़रुचि वति छि प्रावान प्रोन
स्यज़रुचि वति नु छ़ोटान कद



यस छु बनान पज़नु पॅठ्य
पान बासान वज़नु गोब
पतु छि नेरान बादाम टॅठ्य
नॉल्य गछ़ान कलस खोब



येम्य ज़न दितुय फल्यन फाह
ह्यॆल्यन तस लॅग्य ज़न अम्बार
तस ज़ायि पानय खाहन खाह
फॅलिस अॅकिस ज़ायस खार



ह्यॆडुन गेलुन पानस म्यूलुम
ति कति च़्यूनुम वॅट्टुम अॅछ
पनुन कर मो परिनि छोनुम
पनुनिस दोपिस कॅरुम रॅछ



ग्वडस प्रिछ़न्य तिहिर्य कथ
स्व गॅयि वनन्य बरस दॉर
अॅनिस थावुन्य गाशिच सथ
मन्दोरि वना पनच पॉर



वाँसि आमुत हलुन डलुन
पज़्या अमि निशि च़लुन ज़ाँह
युथ आसि त्युथ गछ़ि पानस वलुन
मुतुजनु गछ़ि नु पलुन ज़ाँह



खसख खसतु कोताह ह्योर
वसख सस्तु पानय बोन
तिहिरिस प्यठ कुस दर्यव च़ोर
गीरिस मंज़ यिख पानय सन



येति छि ज़्यवान चन्दन चन्दु
लूकु खन्दन दारान कन
रैतुकोल नीरिथ यिवान वन्दु
कन्दु शरबत टैठान ज़न



पकनस च़ु कर पानो ह्यस
यिनु सॉ टाठ्या डली ख्वर
लॉम्पु कड़नस यिवान रस
कैंह नय स्वरख यि कथ स्वर



योततास ह्यकख पकान रोज़
अकि दोह पानो डोकुन छुय
हतु सॉ पानो पनुन बोज़
बोज़ख नय तोलि छ़ोकुन छुय



द्यारु दॅरिस यूत छ़रेयर
द्यारु छ़ॅरिस त्यूत स्वख
कस छु अर्योर कस छु दर्योर
प्रिछ़तु पानस कस छु छ़्वख



समखी कांह नु मे ह्यू बद
तोति बद रद वनान चोन
समयन गरि गरि वोनुम स्यद
दिवान कति गोस पानस द्योन



सोम्बरान सोम्बरान रावी वाँन्स
गँन्ज़रान गँन्ज़रान रावी ग्रन्द
पॅतिमि नेन्दरे सावी वाँन्स
पॅजरख किथु कन लोंचन अन्द



कसम कॅर्य कॅर्य खोतुय पोस
तोति अपुज़ अपज़ुय रुद
यिमव बूज़ तिमव ओस
न रुद मुछ़ुय न रुद सूद



कस पूश अज़ताम मछ़न बल
त्वछ़न गछ़ान वुड़वुन तोह
ग्यलन गिन्दान व्वपर कल
मारत् दोहन तारन छ़ोह



व्वदुर मनशास ऑगनु क्वन्ड
ज़न्म गछ़ान हुमान अथ
रज़ि रोस रज़न कत्यथ गंड
अच़्यथ गछ़ान अत्यथ च़्यथ



टर टर टीनु पशान हुंद
रशास मंज़ ज़न च़लान वख
सबुर सिंगलि पशान हुंद
कॉन्सि नु वातान कांह ति ज़ख



नज़रव कोताह कोडुय नोन
पज़रव दिती कम कम पास
थज़रव सॅजदु कॅरी ब्योन
अगरव मगरव कोरुख ग्रास



अॅछ प्यठ ज़ाँह मा ज़ुरवुथ मॅछ
क्वसु क्वसु रॅछ दिख ज़ुवनस कोंछ़
क्याह छुय तॅथ्य मा लगी अॅछ
हा मति येति छुख आॅखुर पोछ़



येमि येमि वरदनु परदी पान
तॅथ्य छुख रोज़ान यूताह लोर
युथ ओसुख त्युथ ओसुख जान
न्यथु ननि पानय गछ़ुन तोर



येत्युक ह्योन पक्या तोत
च़ादरि गोतिस व्यपी क्या
तति छु पकान 'सुदॉम्य' सोत
तति छि बदल वथा कथाह



पानस ञोवुथ गुदॉम्य गंड़
रुदुख येतिकिस टिकिलिस बन्द
पानय भुगतख पनुन ड़ण्ड
फुटनय पानय पनुन्य दन्द



ऑबरस कॅम्य गॅन्ड्य अज़ताम अन्द
कॅम्य रॅट चीरु दन्दव रज़
ट्यठ्व्यनु मा सॉ टॅठन कन्द
बाज़ा जुफ पॆयि हारा बज़



कोताह परख बॉच़न बुथ्य
कथ कथ हॊंजे कड़ख रय
बुथिस प्यठ गव प्यवुवुन वुथ
साल् अनखा पानस ब्रय



गॅरिथ च़ॅरिथ थवुन पान
पॊतुस ऑखुर हॅरिथ प्योन
मशान पानस पनुन्य ज़ान
क्याह गव मरुन क्याह गव ज़्योन



सिरव वॅलिथ वुरुन थोव
कूत्यन सिरन करख फाश
बू तलि कोताह गुपिथ थोव
वुरुन तुलुस तु सपुद नाश



व्वथख येलि तोलि पकुन छुय
तवय मेनख्न वतन राद
पॅकिथ ऑखुर छोकुन छुय
सोंचि लोंचन ह्यतो लाद



सबरुक्य जामु मॅ च़ठ जल
प्राच़न वॅटिथ थवतु राद
विकिलि बदलु सोंच़लि नल
सॉरी मॅ सॉ बनन साद



अव्यज़ मुशाख पोशान छय
च़ु क्याह वुछख पोशान प्रुछ़
ज़ाँह छा रोशान तोशान छय
पछ़ नय पच़ी होशान प्रुछ़



चे़नुन हसॉ ज़े़नुन गव
नय अति तोलुन नय मेनुन
फेरनु रोस हबा फेरुन गव
कुलि रोस ओलाह गव येरुन



दयि सुंद लोल बदलुय लोल
नय तति हाजथ अरग पोश
नेबुर्य थावान नोन कशकोल
अॅन्दुर्य आसान बस मदहोश



ज़ॊवि हुंद्य त्वंगल सूती न्यंगल
नतु यी ठोले ह्यंगल गाव
सबरुक ज़्युर नून ख्यथ रोज़ अटल
अँदरी सोरुय कॆंह श्रोपराव



लतन हुंद माज़ लारान वतन
तोति मन्ज़िल ख्वत्यन मंज़
चॊक छु नेरान नव्यन फोत्यन
फुटिथ गछ़न कनिव्य कंज़



बोस्तूर सारान घाठ क्वछुल
फेक्यव छ़ोकान, ह्यकुन छुस
नखु फिर्य करान छ़ारान शिहुल
अथव गॅल्य गंड रछुन छुस



सुच़नि येम्य ज़न सीनु दोर
शोरि लोगुय शिवन सुय
पान यिमव मालि तोर
तिमन च़्जी सॉरुय दुय



खबर कोत गॅय बॉज बठ
तमिकुय वठ ज़न सॅनिथ गव
ऑंगजन ताम गय मॅशिथ म्वठ
सोरुय पॅरिथ मॅशिथ गव



दोह येलि सपदान कोहस सोम्ब
पेठ्य ज़न प्यवान अख अख गॅर
तोमब्यव मंज़ु ज़न प्यवान तोम्ब
तालव करेयन रावान कॅर



दन्दन थॉवुथ वॅछुय बॅर
ज़्यव छय च़लान वनान फ्रात
वुठ् बरने थफ थव दॅर
यिनु रावी कथन ज़ात



रज़न खासुन रज़े रॊस
यि गव गछुन बोज़े नाशा
पॉनिस मॅन्दिथ ख्सया पोस
यछ़ख येलि ति लबख गाशा



कज़ुल्य सोंचश फुट्टज वठ
कडुस पतो कुनुय कशा
नय रोज़ि दज़ुन नय यी कठ
हुरी पानय पनुन यशा



रनख कोताह त्रुशान प्यठ
मुशाव वस्या द्वसन तेह
बानन यूताह थवख छ्रूयठ
त्यूता गॅहलिस गछ़ान ग्रेह



ह्योरिमिस ग्रटस पिहुन थोवुख
बोनिम थोवुय वॅटिथ पान
हेर्‌युम ग्रट्ट येलि टासुर थोवुख
बेयि प्यव वोठिस विहुन पान



अलावस आलुवुन तोग पोंपुरिस पान
लोबुन छ़ोपु दम कॅरिथ किथु कन सॉ निरवान
ज़गत मचि़ नेन्दरि मंज़ येलि ओस प्योमुत
न छ़ोंडुन च़ोक मोदुर नय मान ईमान



परख ज़न, क्याह परख, कोताह परख मन
सनख ज़न, क्याह सनख, कोताह सनख, सन
सनुन यूताह सनी, त्यूताह वनख ज़न
वनुन वॅन्य वॅन्य थकी, किथु कन लग्यस छे़न



दपान वावस छि आसान कावु कन ज़न
करान किथु तारु कानुज छा छ्यूनान पन
कथन कँड्य कड़ कथन कर पोशि पॉराव
बियाबानन ति ववपदन पोश गोशन





यि कॅम्य थौवनख चु वनतम मूतुरॉविथ
अकल नीमुच़ छिहय ज़न वरगु लॉविथ
अॅछन द्रशुवुन्य गँडिथ थॅव्मुच़ छिहय पॅट
तवय मा छुख ह्यकान कॅंह परज़ुनॉविथ



बु छुस ज़न रोवमुत यॅति पॉन्य पानस
तवय परद्योस पनुनिस आशियानस
टौटेयम वथ लौगुस ज़न लार दारुक
लब्यम ते कांह तु लबुवुन्य छमनु पानस



अगर छुय कॅंह पॅतिम यादाश, मॅशराव
थ्यकुन्य लायख अगर छी पोश, पुचुनाव
खबर कमि वनु चु आमुत छुख वॅसिथ योर
चे़ यिनु गँडुनय रज़न पतु कस करख ग्राव



वौनुम कोताह ति ज़न वॅन्य वॅन्य ति क्याह द्राव
वुछुम कोताह ति ज़न वुछनस वुछुन ज़ाव
छि यिम ज़न छ़ायि हॅल्य बेवायि बुथ्य फिर्य
पोशुत प्येतरान ज़न अवु किन्य छि गॅश्य नाव



करान छुस कोचि फियुर वॅहमस गुमानस
यिवान फीरिथ त्रुंगान पानस तु जानस
खोरव तल ज़न चलान बुतराथ नीरिथ
पिलान नरि छमनु कुनि आकॉशय थानस



नमस माज़स यि क्युथ लोगमुत छु अज़ छ्यन
स्यठाह छय पार्य ज़ानन अज़ गॅमुच़ ज़्यन
दॅछुन खोहवुर दबस पनुनिस खबरदार
बन्दन बेयि बॉन्दुवन व्वपुद्यव स्यठाह ब्यन



गरस मँज़ दारि तामथ ब्योन बरन निश
पनुन सोरुय पनुन थोवुख परन निश
वन्दख सोरुय ति ज़न पनुन्यन बन्दन ताम
च़े रॅछ्यनय दय यिथ्यन खॉरन शारन निश



रॅछ़िम सीनस अन्दर येति कीनु सॉरी
तवय सोंचव मे ज़न कॅरहम वुजॉरी
करान इन्कार छुस गाशास तु पज़रस
अपुज़ पज़रस गोमुत येति ज़न सवॉरी



जवॉनी मंज़ च़ु हावान त्यूत मछ्र बल
तुलान बाड़व कुल्यन अलअल छि चॉन्य ग्यल
पद्यन छुख सॅजद् करनावान च़ु व्वनुत्यन
दिवान छुख डुंग तु मेनान छुख शाहव डल



लगान अज़कल छु आदम गीर्य नावन
पकाँ ब्रोंह गँड छुनान छुय टुकल दावन
यिवान अबुसॉव्य अबुसॉव्य आछुरुय ब्रोंह
पतोलाकन यि समसारय छु तावन



ग्रन्दुय रावान छि येति गंज़रॉव्य गंज़रॉव्य
ज़्यवान न्यायन ति न्याय अंज़ुरॉव्य अंज़रॉव्य
सरस मंज़ छाँटि रोस मनशास गॅमुत्य गित्य
टेठान प्रथ केंह छु येति मोदरॉव्य मोदरॉव्य



छ़ोकन च़ोटमुत छुनख फ्वकु सुत्य वॅसिथ प्यख
बॅनिथ आमुत च़े छुय थ्यकनस च़ु कड थख
यि वखतुच बुरबतुन्य नॅच़य नॅच़्य करी छ़ल
यकुर मॉरिथ फकथ लारी अथन फख



व्वनुत येलि आसि वोन, थज़रुय वसान ब्वन
सन्यर सोदरुक ति थावान पेश हन हन
ज़्वनस यस यस ति तगि येति ज़ागि रोज़ुन
पोयस थनु पॉन्य पानय सरतले स्वन



कथन यिनु राद ज़ेठी ऑस सुवनय
कड़ख यिनु काड़ कदमन खून्त्य लगनय
'बु छुस' युथ बास मनसावख अगर ज़न
ग्वनन चान्यन चे़ क्या सॉ पूज़ करनय



मिशुल व्वथि सॉरिसुय पानस व्वथान दग
मगर लागान सखत छुख ज़न तु छुख अग
खबर कथ प्यठ मेंगन छुय यूत सुरु सुर
चु़ कर सरु ज़िन्दगी हुंद प्रोन तु बेयि ज़ग



यि काँगुर वाँसि हुंज़ ज़न कापि द्रामुच़
अॅन्दुर्य नारन यि ज़ॉलिथ वारु थॅवमुच़
यि ज़न छय कॉप्य दीदी कापि नेरान
यिवान छनु अथ थफ़ुय ज़न आवुसेमुच़



कथव सुत्यन चे़ टोट्टरॉवुथ पनुन्य वथ
अथव कस कस न पलज़ेयख चु़ शाहमथ
स्यठाह मुश्किल चु़ किथु अमि हॉन्चि़ म्वकलख
लॅजी तोहमत तु रॉवुय चॉन्य अरज़थ



करान कथ छुख चु़ मोचि़ बनि यूत गॅज गाह
अपुज़ सोरुय, यि छुय अपज़्युक ति अपुज़ाह
यि तन शाहु रोस थॅथुर गरिक्यन ति बासान
प्ययख हरगाह थवुन गरि म्वरदु राथाह



चे़ पानस सुत्य शाह अॅन्यमुत्य छि गंज़रिथ
थॅविथ कथ प्यठ चे़ दफतर यीत्य मुच़रिथ
लोतुय रोज़ख अगर, ल्वतुवॉय रोज़ख
प्यवान वॅस्य प्योन छु पनु वॅथरस ति ज़ज़रिथ



पनुन क्याह छुय करख कथ कथ पनुन नाव
मे वनतम कथ सॉ प्यठ छुय यूत चिकुचाव
चु़ छुख दाहगार पानस छुख करान दाह
दिनय दाह जायि चकलस तॅथ्य खसी बाव



ग्वनन म्यन्यन अग्वन तॅम्य सुन्द्य छि कतरान
सबर कोताह पनुन्य किन्य छुस बु सोदरान
बु कोरनस कोल स्यठाह तॅम्य सुन्द्य बे स्वमिरन
टेछर तॅम्य सुंद बु कोताह तोति मोदरान



कसुंद थोवुथ दज़न दोद यूत वनतम
रज़न खोरुथ चे़ कथ प्यठ पान पयहम
च़ु छुख वुन्य क्याह खबर आसख नु ज़न वुन्य
दमस कर रॉछ, छुय बस अख यिहोय दम



यि छुय समसार टाठ्यो अख समन बल
पनुन आमुत च़ु ह्यथ छुख पूरु अन ज़ल
दिवय लॅजमुच़ चो़पासे येति छि बासान
म ब्वड अथ मंज़ तु बन सॉ बस डलुक ख्यल



यि विज़ अॅज़्यकिस दोहस मंज़ छय गनीमत
पगाह दय ज़ानि शाह रोज़्या सलामत
सु रातुक दोह तॅरिथ गव म्वखतु माले
ज़ुवुन छुय ज़ुव तु यथ गरि मंज़ च़ु तामत



छे कुनि कुनि वदनु रोस्तुय ज़न वदान ॲछ
छे कुनि कुनि वुछनु रोस्तुय ज़न वुछान ॲछ
मशान बाज़े छि प्रज़ुनॉविथ ति प्रज़नथ
बे सोमिसुय मंज़ ति बाज़े छय समान ॲछ



मे ज़न प्यव हंगु तु मंगु येति त्युथ ॲन्दुर्य ज़ूर
फुटुरनस ॲन्दुर्य ॲन्दुरी ज़न कोरुन सूर
कनन हुंद दूरु कन ज़न अड़ वती फुट
व्वथान ॲन्दरी ख्यालन ग्यूर तय स्यूर



ख्यालन हुंद वुडान आकॉश्य वुछ्नु प्रंग
गहे हावान तल पातॉल्य शबरंग
च़िहिस ब्रिंज़िसुय यि करिहे अख करारह
करान छुय शोकु आमुत्य रंग ति बे रंग



बु छुस वोनान दफ दोनान छम वाँस
लोतुय ऑसिथ स्यठाह गोबरान छम वाँस
पोथुर रोवुम पद्यन असमान सथ गज़
गोबेमुत्य शाह ति छिम लिथुवान छम वाँस



छि सबरुक्य ठॅठ्य मो व्वन्य ज़न आवुसेमुत्य
युप्यन हुंदय शुप्य यिमय ज़न टासुनेमुत्य
कमर क्वछ़लिस गोब्यव बोस्तूर तुल्य तुल्य
छि आशन हुंद्य शहर ज़न काम्पुनेमुत्य



मे गोछ़ हुति युन, तु बॅयि गोछ़ यिति वटथ युन
कड़ान लंजि छुस बु पानस वातु कोत कुन
यिहय दवु दव करान सोर्यव मे सोरुय
ह्योतुम यूताह मे तमि ज़्यादय येती कुन



पकख ते वनतु कथ वति प्यठ पकख व्वन्य
पॅकिथ पकनय ति रोज़ख बॅयि थकख व्वन्य
छ़ोचन वतुनुय चे़ बासी त्यूत जे़छर
छु सम सोतुरेर बॅल्य खोंत्यन लगख व्वन्य



अड्यन येति ग्वड हयेवानुय रॉव्य ज़न अंद
अड्यन गॅय रॉस्य सेकि सॅहरावन अन्दर स्यन्द
अड्यन वुछनय अचा़न ज़न मोसमन मुस
अड्यन बे आर वखतन ज़न फुट्र्य दन्द



थ्यकान छुस बस, पनुन हद, बेयि पनुन कद
करान सॉरी थज़र बाकी बु छुस रद
अहंकारन बु छुस रोटमुत श्रँज़स मंज़
पोतुस अदु सामरथ सूरिथ वसान मद



ह्योडुन गेलुन दपान पानस छु मेलुन
सनख योदवय वुछख प्रथ कॉसि शेहलुन
अगर तगिही चु पिल ग्वडु पॉन्य पानस
सनख येलि कथि ह्ययेयी तेलि तील तेलुन



ॲछव खोर्‌यव ति हॉविथ छुखनु समजान
चे क्याह गोय छुय नु केंह चोक तल चे वातान
करख कुतिस चु लल खोल पानु वनतम
चटान रादस यि छुख, होंज़स ति वाटान



प्रिछ़ान प्रथ केंह बु येलि छुस खासो आमस
करान छुस साल पानय प्रथ व्वलामस
मे छनु चलुनस यिवान पतु कॉह ति अथ वथ
ग्वडय लाकम बु करुहा तथ कलामस



सनुन लायख यि केंछ़ा, तथ सनुन गोछ़
सॅनिथ केंछ़ा ति सनिहे ती वनुन गोछ़
खसिथ वुडरन तु बालन, बॅल्य थोकुय पान
मनुक लोलाह वुज़ुन गोछ़, सुय सनुन गोछ़



पकान येलि वावु रिंग होशव डलान छुख
गछ़ी लौत गोब पतो ह्यॅरि ब्वनु अलान छुख
अनासीरन अगर थवुहख हना ह्यॅस
च़ु मा कलुहख च़ु यिथु पॉठ्यन कलान छुख



च़लख ज़न वनतु कस निश कोत च़लख व्वन्य
रंगन हुन्द्य रंग च़े छॉविथ कुस मलख व्वन्य
च़े वोतुय लारि लद ह्यू वाँसि लारान
बे स्वख अन्ताह करन छि किथु बलख व्वन्य



तगी योदवय च़ु बस सबरुय सबुर कर
वॅपी समसार करख येलि दिल समन्दर
वनुन त्यूताह सॅहल करनुय छु मुश्किल
फटान वाँलिज लगान वनुनुक्य छि अरसर



टेछर यस बासि माछस तस वनव क्याह
वनी अनि गोट सु गाशस, तस वनव क्याह
यिहय यिरुवुन्य छि अज़ प्रथ कँासि गॉमुच़
पज़ुत युस खारि दारस तय वनव क्याह



ज़ु लोचरख पान येति, गिन्दनय चे़ गतकस
तरख कमि छ़ाँटि पतु वनतम मे सोदरस
रछ़ख येलि बोरुदबॉरी गाटु जॉरी
छ़्येदुन बासी, अगर रोज़ख ति ननिरस



मन्दान छुख पोन्य क्या सॉ यी चे़ हॉसिल
वज़ान ज़न छुख छ़ॅरुय मॅट छुख ज़ु गॉफिल
छ़ोच़्यन डोन्यन चे़ फुटरिथ क्या सॉ नेरी
दयस सुत्यन पनुन्य लय थव ज़ु शॉमिल



पनुन कुस छुय थवख कॅम्य संज़ ज़ु व्वन्य सथ
पनुन छुय पान, पानस सुत्य कर गथ
च़ु छुख पानय शमा पानय ज़ु पोंपुर
शमा ज़ॉलिथ ज़ु कर पानस पनुन्य गथ



स्व कथ बूज़िथ लगान ज़न व्वन्य कनन थोप
क्व कथ बोज़ुन्य वनुन्य क्या सॉ अॅज़्युक दोप
मनुक पारुद बु रट्हन त्यूत दगु हन
मगर अथि युन छु मुशकिल गाटल्यव दोप



छु क्या सॉ वॉन्सि युन बासान खुरुय अज़
गछ़ान छय वाँसुठन ज़न दजि हुरुय अज़
औरुज़मॉनी, बे दसगॉही, बे कदरी
शुर्य्येन हुंद लोल तामथ आछुरुय अज़



मसॉ रॉविन दयो येति ओल काँसी
गछ़ाँ क्या सॉ वरफतार पूरु वाँसी
प्यवान पनुन्यन अन्दर रोज़ुन व्वपर ह्यू
वॅनिथ मा सॉ ह्योकान गुदरुन छि काँसी



छि खारान शान्दु गॅन्ड्य तोतन युथुय बोश
तिमन पतु छुय नु रोज़ान काँह पनुन होश
प्यवान छिनु पॅद्य तिमन पतु ज़ांह ति पॅथरिस
योहय छुय तोतु चेश्मन हुंद अॅज़्युक रोश



शोदिस बोदिसुय छि येति पोरान सॉरी
शोदिस बोदिसुय अटस खॅच़ नाबु कॉरी
गछ़ख नय सिव्य च़ु येति वुलटन वुरेबन
च़ु यिनु बोज़ख च़े छय तोलि पायदॉरी



लगानुय तार छुनु येति सोंचि सोदरस
स्यदानुय बुथ नसॉ यथ व्वन्दु मज़रस
च़ोवापॉर्‌य थॉव्य ज़लरव ज़ाल वूनिथ
स्यज़र छेपि लोग दोहे येति क्या सॉ हजिरस



च़ु छुख ईशर करुम भॅखती मे बॅरच़र
दितम ज़न्मांतरन हुंद व्वन्य मे हर तर
व्वपर वति प्यठ बु छुस दरमान्दु गोमुत
बरस तल छुस बु आमुत कासतम वर



च़लानुय छुनु मनुक मल यूत छॅल्य छॅल्य
लबानुय छिनु मँज़िल कति कोर च़ॅल्य च़ॅल्य
छि पॅद्‌य गॉमुत्य मे सख रतु दॉव्य पॅक्य पॅक्य
पथर प्योमुत करुम अथु रोट मे वॅल्य वॅल्य



वुछुम प्रथ कांह दिवान योति ज़न छु बारव
वदान सुति वॉजमुच़ यस वुनु छि द्यारव
रिवाँ सुति यस छि लाचॉरी गरीबी
यि गव समसार ज़ोनुय ज़ॉन्य कारव



तराँ पानो च़ु छुख योति प्रानि तारय
हता गॅय बोनि कुल्य करताम वुजारय
वटव कति शीनु माने आँगनस मँज़
वुछव कति शीनु रज़ुनुय हुंद नज़ारय



खबर कमि ज़ँगि द्रामुत योर ओसुस
तवय समयन दोखान आवेज़ु थोवुस
डलाँ मीज़ान सॉरी रादु होंज़ुक्य
तवय यितु गछ़ कराँ प्रथ सातु रोवुस



वुछान वोतुम मगर वुछनुच छि त्रेशनाह
मरान वोतुम मगर ज़ुवनुच छि त्रेशनाह
यि त्रेशनाह बागि आयम यनु बु योत आस
कलान ज़न आसु, कथ वनुनुच छि त्रेशनाह

